KATAEH MANZ KATH

(A Collection of Kashmiri Short Stories)

By

AMIN KAMIL



FIRST EDITION

1966.

چھاپ خانہ: یوگیش پرنٹنگ پریس جالندھر

مول: ژور روپیہ

# ترتیب

# کتھِ منٛز کتھ

محمد امین کامل

پتہ : شیخ غلام محمد اینڈ سنز تاجرانِ کتب مائسمہ بازار سری نگر

# گوڈہ کتھ

یُس خیال میہ شار بنیو وۍنۍ، تتھ بنوو م افسانہ۔ یتھِ پأٹھۍ آیہِ میأنۍ افسانہ وجوٗدس۔ میہٕ چھُ باسان زندگی چھےٚ ابتدا تا اِنتہا بے ربط واقاتن ہُند اکھ سِلسلہ۔ یتھے یمن یانہ وأنۍ کانہہ ربط چھُ لگان، یم چھِ حادِثہ یا افسانہ بنان۔ حادِثن اندر تبدیل گژھنہ وِزِہ چھُ واقاتن لازِمن اکھ وَل گیُت ( Tradition ) لگان تہٕ اکھ کِریانہ کرہ وُن تا ژُھ پأنٕہ سیدان۔ ہرگاہ یہِ وَل گیُت واقاتن ہُندِہ شکمہ اَندرے نیرِہ، یہِ چھُ فن کارانہٕ ہُنر، نتہٕ چھےٚ گُلی فقیر کراماتھ۔ میہ کرٕ ہمیشہ اتھ فن کارانہٕ بلندی تام واتنچ کوشش، کامیأبی ہُنز کتھ چھےٚ وکھرِ۔

اَکِس افسانہ نِگارس چھُ بِلا واسطہ انسانس سیتی تعلُق۔ تس چھےٚ انسانہ سندین متن سارِنۍ ظاہری تہٕ باطنی کوٗنن نِظر اَنۍ پیوان، یوٚت تام نہٕ عام نظر چھےٚ وأتِتھ ہیکان۔ شاعری منز ہرگاہ امہٕ وِزِہ علامژ تہٕ اشارہ کِنایہٕ فن کارس باز خاص نِشہ مو کلاوِتھ ہیکن۔ افسانہ نگارس چھےٚ بوس ژھانڑھنہ درأگی چارہ آسان۔ اَوہ کنۍ ہیکہِ تھرک تہٕ نفیس پأٹھۍ نشانہ ٹنتھ۔

میانِ یِم افسانہ چھِ میہ نزٕ لوان' تہٕ یہ ہیکہٕ وَر وار تہٕ گُھرِ نہٕ سیاسی
تہٕ سماجی اَندریُمِس (اندرٕ لسان) بسان چھُس، تِمیُک اَثر چھُ لازمی مَن یِہِندِس
پلاٹن تہٕ کِردارن پیٹھ تہٕ پیوان۔ مگر میہ چھُ باسان زِ یِہے چھِ یِہِنز بُڈ
خصوصیت تہٕ۔ تہٕ یِہے کتھ چھِ یِمن باقی افسانہ نِگارن ہِندِین افسانن نِشہٕ
بیوٗن بدون تہٕ کڈان۔

بہٕ چھُس یِہٕ افسانن اندر نوٚین تجربن خلاف۔ مگر تجربہ گژھن کم از کم
تِتھی آسنہٕ زِ پرن وٲلی گژھن کنہٕ پاٹھۍ افسانہٕ نِگارس سیٖتۍ آخرس تام
پکُن۔ تہٕ تِتھہٕ پوشیدہ انجامس تام واتُن یُس افسانُک اصلی مُدا مقصد آسیہ
نتہٕ وقتی ژھوکہٕ' تیلہِ دِنہٕ بدلی زہ۔ پُجر ماجِس مُنہ دستان تمنز۔
یہ کتھ چھِ شاعری پیٹھ تہٕ چھیپان سپدان، اگر نثری چیز آسہٕ کنہٕ چھِ افسانس
اندر اَمیک خیال تھاوُن زیادہ ضروری بنان۔

اُمین کامل

سرینگر ۱۹ فروری ۱۹۶۶ء

# کوکر جنگ

پیٹھے غلام خان کوکرہ ہیتھ آنگنس منز ژاد، شاہہ ہال گیہ تھوٗد دِتھ۔
تس گٔردۍ تہٕ پھیرِ تس وُنٹ ہینک تہٕ ہوش۔ یُس اُتھہ اُسی مشرٕد بوٗزمُت
اوسُس۔ تمہٕ زن توٗب کیاہ تام لاس۔ تیتھے کینہ وُزہ خاندارس کُن۔
"اوٗ نیتھ؟ ییہ دوٗب ازتہٕ ما آکھ ژھوٗرُن۔" تمہٕ زیو ہیہ ویلہ زہ تہٕ
کوکرٕ اُمِس اَتھہ منزہ تھف دِتھ تہٕ تاجس ترتیرن اَچس اَتھہ ڈالنہٕ۔
"ساڈن ژوٗن ڈبلن چھے۔" غلام خانن ترٛوو "ڈبلن" لفظس پیٹھ
زور۔ شاید یہ دَنہٕ منز کہ زِہ یُتھ نہٕ دَیکھ ایوژ لوٗنگ ما چھُہ۔ تہٕ جبرٕ یوٗدٕ
ساڈن ژوٗن ڈبلن۔ مگر شاہہ مالہِ زن نہٕ اَتھہ سیتی کانہہ تہٕ غرض مطلب
اوس۔ سُہ اُس جبرا کوکرس وُچھان تہٕ وُچھی ڈیچھ اندری شادمرگ
کراے پیٹن ماتہٕ ترژہ دو ککرٕ پتھرٕ تہٕ ہمسایہ مکانچہ دارِہ کُن نظر تُلتھ دِتن
سیدان۔ ہمیہ ترود کوکرٕ

ہمُن دُرایہ۔ امیہ پتہ ژۄرمہ بیٹھ خاندانی کن، گھر بر نیٹھ ہیہ کھوتہ ہُنا
تھوو ہیہن ــــــ

تیہنٚدی کو کرِ کیاہ اُسِس دوبہ ژھادان ستیٚ وانس دوہ ہس کیتھ ژھی
کو کرِ کنیٚ اُسی پھیران۔ یہ کیاہ چھلکی محلکن ہیٚتی ہشی تہِ ہیتی چھیہ۔ "

غلام خانن ووٚنُس نہ اتھ کانہہ تہِ جواب تہ سُہ دراو سیودُے اندرہ
کو کرس اوس زنگن ستلیہ ٹکرا ڈنگ دِتھ تہ سُہ اوس بڈہ جستہ نعانی
کرِتھ بکیج کوشش کران۔ سُہ اوس منزی اتھ ڈنگس ویٚپر دِوان تہ
منزی اندی پکھس سام ہیوٚ ہوان۔

شاہہ مالِ آسہ کو کرِ تاوٚنہ تہ رچھ مژہ۔ تمہ آسہ اموٚ ونِہ آنگنس
منز ژھوڈ بیکلی ژھاران۔ تمن ہیتھ کو کرِ سُند "کرٚد" "کنن گیہ" تھو
گیہ یتھہ پیٹھہ شاہہ رُدِ نہِ ہشہ تہ اُسِس کُن لچہ ستگہ بھرٚنہ نظرہ وچھینہ
اگر کو کرِ ہیوٚنت ڈالہِ مادی اُسِس کُن پکن۔ مگر پیٚٹھے سیٚے مانے
یاگٹھو ہیوٚ۔ زنتہ بنیٚس مزس منز اودہ یود اُسس پھیران۔ بیاکھ کو کرِ
یُس سُرہ بزِنس تھپھان اُسِس رلیٚ پانس جنتر کرِتھ جلیہ گرٚنھہ کہاو پیٚنہ۔
زنتہ یِل دِتھ ووٚنُن ــــ " اوٚنہ۔ میہٚ دوٚپ خبر گُسی چھیہ۔ اُسی تن یُس تھیٚہ
تہ سُہ۔ میہٚ کیاہ تو تہِ۔ "ییٚتس کلاس منز دراو شاہہ مال توٚلہ دوہ ژھا
ہیٚتھ تہ تراوِن اُسی کو کرس برونٹھ کن۔

کوکُرٕ لوگ بوٚچھ سٕندی پاٗٹھۍ ہیوٚچھ، تہٕ بوٚو بوس بھرِتھ زَن ژھور کالٕ

اُسِس کیٚنہہ بتہٕ وُچھِنَس گامتۍ۔ کوکُرٕ بوٚ بیٚلہِ وُچھ زِ اُسِس ہاسپِز

کیاہ تام اَلِگۍ یادی۔ تِمَو نیٚبرٕ سٔی کرِتھ دور ترٕ۔ وُچھِن کھوورِ لچہِ چکرٕنہٕ

آمتۍ فُلۍ وٕٹھِنہٕ۔ شاہہ مالِ رُتج بیٚنیہِ ہمسایہ مکانچہِ دارِ کُن نظر۔ مگر اَتہٕ

یٚیلہِ نہٕ کانہہ ترٕ نظرِ گوس، اَمہِ دِژ زورٕ گرٕکھا—

"رِشی، تُہہِ مرِی چھِ بڈٕ۔ اُمِس بِچارِس وُتھرج مِژ، اَدٕ تُہۍ دِیُوسا

پھل پھُلۍ کھینہٕ۔ زَن نہٕ کیٚنہہ ترِ چھیٚوہ کھیوان۔" کوکرٕ ژِبِ، اَمہِ کُرٕ گہ

"کرُت" کرِتھ تِھہ۔ تِمن تولگ بوٚزِن زِ یہِ کس چھِ وَنان۔ مگر اُکھ

پھِن ژرِلتھ پھیرِ بیٚنیہِ پوٚت ترٕ کوکرس اُندۍ کِھ لچہِ کھوژی کھوژی

پھلۍ ڈُدِنہٕ۔

"مُبارک ہَو شاہَو۔ یہِ کرُو اُڈن وَن کوٚ کُرٕ؟" جانہٕ بِژہ گُوٚرس دارٕ

کِنۍ نیٚرِتھ آکَو۔ شاہہ مال اُمِس اَسندِ ہسی نیٚرنس پراران۔ اَمہِ رُٹ

چال۔ پھیرنَس دِژِن برٕو نٹھ کِنۍ تلٕ دِنا تہٕ کنس اندرٕ رِو یہِ گِنہٕ واتج

نَژہ ناواں نَژہ وان دُژھس در جواب—

"وُنۍ ہَو اُڈن، ہیتھے پاٗٹھۍ۔ ساڑن ژدن ڈبلن۔" شاہہ مالہِ ترٕ دو

"ڈبلن" لفظس پیٹھ تیوٚت زور، یوٚت نہٕ غلام خانن تہٕ اُمِس دِنہٕ

وِزہ ترٕاوو۔

"گاگل آسہ؟ جانہٕ بٕڑٕ وٕونُس اورٕ پیپرِت ــ " تی چھُم باسان
ازٕ کو کرٕ ہَن چھِے ـ "

" تُرٕ ہو چھُے یہِ وُنِہ سِتِنی رٕچھن ہُند ـ " شاہہ مالہِ کرٕ پس پانِے
وانسا کُھرٕ ـ یہِ ہو چھِے بدل ذات ـ یور چھا شہرس منز یمن گُنہٕ
انان ـ تَوہٕ پتہٕ یُرت ڈرٕوگمُ کُس ہیٚکھ ژُ ـ یُتہٕ گژھن یمے ژھوٕڑ
کو کرآ ؤسنٕ ـ "

شاہہ مالہِ وُچھ زِ جانہٕ بٕڑ دوہٕ زٕلیٚے ـ ظاہر تو تگُس بوزن زِ یہ چھَ
لوکُن کُن لاٗگِتھ یہِ مے گُن ونان ـ سو وُژھس ـ " آدہ بامیہٕ چھِے رسیٖن
بکاوس ـ بہٕ ژٕہ آمیس بوس ـ " یہِ وُنِتھ ژایہ سو اندر ـ اسنِدہٕ گژھنہ
پتہٕ کوٚر شاہہ مالہِ آسہ وُنہِ ہو نخیہ وُکھن برٕوڈ ہیو تہٕ اُتھی سیتھ ہیوٚتُن
کو کرس کھلہِ کھلہِ وُچھن ـ

کتھ آسس ژرکہ تکہِ یہِ زِ شاہہ مالہِ اوس یہ کو کُر جانہٕ بٕڑٕ ہُندٕ شرٕ
آنہٕ نو دمت ـ جانہٕ بٕڑٕ آسہ پانٹھ کو کرِ تہٕ اکھ کو کُر تہٕ شاہہ مالہِ
آسہ کو کرٕ ے آژٕ ـ جانہٕ بٕڑٕ ہُند کو کُر اوس دوہس منز اکہِ دوٕ یہٕ
پھرٕ ینہٕ آنگنہ منزٕ دوسہ ییوڈ وُچھ تلان تہ تَوہٕ پتہ شاہہ مالہِ ہُندس
آنگنس منز وسان ـ شاہہ مال اُس ینُن کو کُر نہٕ آسنہٕ کیٚنٛہ اَتھ خدائی
یاری زانان ـ مگر یُمہ وِزہٕ شاہہ مال آنگنس منز دانہٕ یا بینہ کانہہ

یُتھ چیز تاپس ترٲوِتھ، یہ اوسُس دوہ اُچھن کھران۔ تہٕ کیازِ یہ اوسُس برٲنٹھ دُوہیو اگاڑِ گژھان۔ جھگ دِیادِی تہٕ اوسُس نہ یہ چھِلہ وُدری کرُنس پزان۔ پچھ گھنٹہ برونہہ ییلہٕ اُمہِ یتھے پاے گھو سنخ جیرہ تُلُس، شاہہ مالہِ متین یَس بےٚ حُکمن دوہ ہوَن۔ جانہٕ بڑہ بوز تہٕ سو دُرالیس دارہ کنِز واد کرنہٕ تہٕ اُتھو منز دِژُنس پام ——

"تیلہٕ ہوٚ گژھہ مینہٕ کو کرٲنہٕ۔ بوز تھو۔ ہُتھ ییلہٕ ٲل خورِ چھِس روزال، داں بلہٕ کتھ چھیٚ زوٗ میران!"

شاہہ مالہِ گو اشند یہ وَنُن موت کھوتہٕ سنخ۔ یہ گیہ امی ساعتہ پیٹھ خانہ دار (۳) کو کرُٹُھ اَنہٕ کھاترِ نالی۔ پیٹھہٕ کرُ جانہ بڑہ تہٕ اتہٕ اوراہندِس آنگنس منز کو کرس گژھنس راچھو۔ غلام خانن کجاو پوٚز امیہِ وُنی پچھ گھنٹہ۔ مگر آخر تہٕ ووگس نہ چارہ تہٕ مالِسمہِ بازرہ منزہ ہیوٚتن اَکس کوکرہ وأرس نِشہٕ ترٕین ڈبلن یہ تُلو۔ اگرچہ زنانہِ نِشہ کتاونس روپے کھنڈ زیادَے پیٚن کھالِتھ، یتھ نہ معو پیٹھے وَنیس —— وچھ اورہ کنِتھ کو کرُ آکھ ہیتھ۔ زن نہٕ بیٚیہ کُنہٕ تہٕ بنیوٚ وی!"

جانہ بڑہ ہُند کوکرُ زوس مانزہ رنگہٕ دوہ زُل۔ تہٕ مُنزی منز یہ آسس گوہہ تیرہ تیہ۔ شاہہ مالہِ ہُند کوکرُ زوس چھوٚت، صفا شین

تہٕ نیرِ نیرِ کرٕ ون پژٕن۔ چالہٕ ڈالہٕ کنہٕ اوس یہِ جانہٕ بڑٕ ہنٛدِس
کوکرس پووا کنٛسی نتی۔ مگر تِتھے اوس سُہ اسنٛدِ کھوتہٕ نل نکھ
کنہٕ زیادہ زوٗر دوٗر باسان۔ یہِ اوس پزر، نتہٕ اُسو دو نوے اکی
ذاتہٕ ہنٛدی۔ یہِ ژوٗر آسہٕ کم یا ژوٗر آسہٕ زیادہ اکی موہ تہٕ۔
دوہ گژھت شامس پٮ۪لہٕ ساری شونگ، شاہہ مال اُسہٕ بِسترا
منز شُرِس لرِ ساوِتھ دودچاوان۔ امہِ اوس شاندہ گونٛدس پٮ۪ٹھ کھوتہٕ
وَٹھ ٹھیکہٕ راوِتھ اَتھس پیٹھ کُلُک سورِ بار رٕژمُت۔ ییٚتھ کنہٕ
اُس یہِ شُرِس دودچاوان۔ مگر اَندری اَندری اُس یہِ اُمہ سی کوکرٕ
شنٛد سونچان ——— کوکرٕ وچھت کیاہ آسس بڑٕ واٮ۪جہ لوٗن
پیومُت۔ میٚیہ وُنہٕ تہٕ اینہٕ سو کٔتھ اوم تیل چھیہ تیلان۔ دوہ گژھ
اسنٛد کوکر یود ترٕن، زنگہٕ نشہٕ نے کوٗرم تیلہٕ چھس ہشراوہ۔ یہِ
سونچان سونچان پییہٕ اُمس خانہ دارہ سنٛدِس تھٕس کوٗن نظر، یُس
الگ کنٕ نِنِس بسترس منز شونگِتھ اوس۔ اُمس آو یہِ امہِ وِزِ
تِمیٚتھ خوش شکل بزنہٕ زہِ وَنٛنِج کتھ چھنہٕ۔ مگر تِتھے امہِ کھوتہٕ
وَٹھ کڈِتھ شاندہ گونٛدس پٮ۪ٹھ کلہ ترٲوِتھ شونگن ہشراو، کوکر مژہ
منزہ گٔیہ تھٔدِ تھٔزِ بانگ، " کوکرو کوٗل، ل، ل، ل "
شاہہ مال گٔیہ بنگہ روزِتھ۔ امہِ تُل کلہ تھودٕ تہٕ وارہ پأٹھ

بُجؔ بوزنہٕ زِہ میٚنؠ ماگٔو بدل کٔینتھ کنن۔ مگر میٚلہِ کوکرن بیاکھ بانگ تہٕ
دِژ، اُمِس زن ہمپٹ کٲر۔ یہٕ گٔیہ یک بارگی بسترس منز وۄتھتھ تہٕ
غلامہ داوس لُج آگو دِنہٕ ہُشار کرنہٕ۔

" ہتہ دۄپہٕ۔ تۄہہ ژھۄنڈ ووتھ۔ بیاگرِ۔ "

" اُدھہ، کیازِہ ؟ - غلام خان گو اُدھ ہُشار ہیو۔ ژیہٕ ووتہ نانھہ
میہ کینہہ۔ "

" ہتہ اُمی دِتہ کوکرن بانگ، کالہٕ کی پہرہ۔ شاہہ مال اُسِس
بانبرے مبرٕ۔ " یہٕ کوسہ فیشل بلایہ چھیت ژیہٕ اُدمت ؟ "

" بانگ ؟ " غلام خانن چونکھرو مُنھ۔ " اُدہ دِژن۔ اسہ کوہ ہ
سحر خانہ ی اچھ کرنی، تتھی گژھہ وقتہ پہیرہ۔ "

" وۄچھ ادرہ کیاہ ونہٕ۔ " شاہہ مالہِ کھش ژکھ۔ " ہتہ ژھۄنڈ ووہ
کھش ژھنشی کرِ ہتہ۔ ژیہٕ چھے ناخبر، یُس کوکُر کالہ کی پہرہ
بانگ دِیہ، تس گژھہ تمی وِزہ کھش کرُن۔ تمہ چھہ فیشل آسان۔ "

" کینہہ چھہٕ فیشل ونیشل آسان۔ شونگ یانس ژھوپہ کرِتھ
یمن بے تُلی کتھن اَرزہ نہ گژھان۔ " یہٕ ونان ونان ہیش غلام
خانن کلہ پیٹھی رضائی۔ شاہہ مالہِ کریا یہ پنُنی کینز دارِیاہ ژُھرہ ژھٹ
مگر غلام خانن نہ دِژس اتہِ ادر اکھ تہٕ نہ زِہ۔ تمو ترا اَدکھور شور

تنہ تر بیتھس وقس بیھڈ گو منجمس شتہ بجہ ہشار۔

شاہہ مالہ یوت ژ اُمس کوکرہ منزہ امہ بانگہ منذ گو، یوت گوس دوونی مہ کہتھہ ہند زہ ہرگاہ جانہ بژہ یہ بانگ بوزہ تہ آسہ سو کریہ پامہ دی دتا گدو۔ سو ونیم زہ اُتھے بیھڈ آس کھے ونان زہ پتھے کوکر کیاہ آسہ بہ ژھاران۔ دُنیاہ چھانکو کوکر چھہ سحرہ پتہ مہجکہ ونرچ خوش خبر دِوان، اُمس منحوسس ونیتہ کالہ کیاہ چھہ شیطان نستہ کنہ اژان۔

جانہ بژہ ہندہ امہ نوفر موکھے درایہ ژ شاہہ مال کوکر مرس دروازہ منزہ اُدہتھہ تہ کوکر یلہ تہ اُدہتھہ آنگنس منزہ۔ حالانکہ سہ روزہ ہے نہ الغہ زنہہ تہ پتھ۔ تہ کیازِ تس اوس ونہ خبر کُژن دوہن دوسن تہ دیوارن کن کتھہ دی دی جانہ بژہ آرنچ ہورن۔ یہ گروز ورزس منزی ژھایہ ہلس کن تہ کوکرن نیہ شی کرتھ کوکرن سیتی آنگنس منزہ ژھال۔ شاہہ مالہ پھیر اُمس کن وچھت وارِنج دُبہ۔ تیوتھہ کنوورس یہ۔ کوکرن کوڈ شیرہ داو کرتھ پھن واشا ووشا۔ اُکس پکھہ بناوِن داوج تہ مارے محبتہ سان دژن کوکرن اُندہ اُندی اوکہ اوکہ وارِہ ڈالہ پونشہ۔ کوکرہ ژیہ دامن بجا دِتھ دیشن کھوور نفتہ وڈن بس ——

"ہے کیاہ گوٚمُت۔ یِ چھاکران۔ پتہٕ بڑوٚنٹھ چھکنہٕ وُچھانی کینہہ۔"

کوکر یوٚ ہیٚژ وُزہ برس کُن نظرہ دِنہٕ زِ آما ازکیاہ چھنہٕ یِہ کنہٕ نئی۔ پھل موٚ نٹھ ترِ ترٲوِن نہٕ۔ تموٚ ہیوٚت شاہہ مالہِ اُوری دوٗرن۔ کوکرس ترِ توٗر فکرہ زِ قصہٕ کیاہ آسہِ۔ تموٚ ترِ ژٹ کوکرین ہُنزی وَتھ۔ شاہہ مالہِ ہیٚلہِ اہنزن ژنگن کُن نظر پیٚیہِ، امہِ ژکر نوٗد دِی گژِھت ہُتھ۔ اُمِس آیہِ اہنزہ یمہِ ژنگہ پنجہٕ پیٹھہٕ باوژہ تمام کھرِ ؛ کل ہِشہِ ڈرٕ ٹنِٹھ۔ مگر شی شوٚ ہیوٚکنس نہٕ کینہہ ترِ کرِتھ، یُتھ زن جانہٕ بڑہٕ بوزِہ نہٕ۔ امہِ کُڈ جل جل توٚملہِ دوٚژھا ترِ وُزہ منزٕ ے دِژِنکھ آنگنس کُن داٲرِتھ۔

جانہٕ بڑہِ ہُندِہ آنگنہٕ منزہ ہیٚلہِ تِسندی کوکرن دوٚسہِ یِیاپِہ نوٚوی کوکر "کرُدا" بوٗز، تس گیہِ گردن کھڑا۔ تموٚ کوٚڈ سینہٕ نبر ترِ پان ژٹرکروٗن۔ زَنتہٕ بدنکو سارِی نار شروٚک وَنہٕ آیس۔

"کٹ، کٹاک، کٹاک ـــ "تس ژرج ہقدِہ کرژکھ نیرِتھ۔ زن کوٚرنس آلو زِہ ہیوکُشو پیٚژہِ ڈار چھک ژہ اپاری مس آنگنس اندر ژامُت۔

"کٹاک، کٹ کٹ، کٹاک۔" شاہ مالہِ ہُندی کوکرن ترِ کرُ گردن کھڑا۔ ظاہر دِتِنس جواب۔ "بہٕ ہا چھس چھوٚٹ کوکُر۔ کتہِ ترکھ ییور

تہٕ ہاوٕے۔ نتہٕ چھِہم دُوری مُشتہٕ ہاوان۔"

شاہہ مالہِ کھوٚر اُسُند یہِ کرٕیکہ ناد لاگُن۔ سہ دپان یہِ ہے کُنہٕ پاٹھۍ دَم پھُٹ گژھہ ہے، دبوہ نہٕ جانہٕ بژٕ اَسنہٕ آواز بوزِتھ دارِہ اویزان گژھہ۔ اُمِس شی کرنہٕ بدلہٕ تیٚ امہِ وُزہ منزٕ ہیٚرِہ دَتھ تہٕ کتہِ سان لاٚہونس پَنٕنہٕ کُنہٕ کلس۔ سہ آیہ نہٕ اُمِس کینہہٕ تہٕ، البتہ اُمی کھینہِ "کٹاک" کرِتھ ووٹھ تہٕ جانہٕ بژٕ کوٚڈ دارِہ کُنہٕ کلہ۔

"ژیہٕ کتھو پیٹھہ ازٕ صُبحے صُبحے شرارتھ کھٔرمژ۔ کوٚرنے کیاہ بچارٕی!"

شاہہ مال زن نٕ ٹلکھ ژُورِہ، تِہندے پاٹھۍ پھوٚٹُس رُمن رُمن عرق۔ امہِ یِمٕہ سو کتھہٕ یوٚت یحتیاط کریاو، سہٕ رُوُدس سورُے طاقچس پیٹھ۔ جانہٕ بژٕ ہُنزِہ کتھہ تلہ گوٚ اُمِس شُبہ زِہ یہِ چھِہم ورٕگہٕ پاٹھۍ ٹسنہٕ ژٹان زِہ یہِ چھِیہِ اسُندِہ کالہِ کی پہرہ بانگ دِنہٕ شرارتھ۔ مگر تو تہٕ کوٚرِن کیاہ تام ژُرِہ جگرٕے ہیوٗ تہٕ وٕونس ———

"یہِ ناو دِوان یمِن کوٚ کرِن ہلس کُن پکنہٕ تہٕ۔ شرارتھ کیہو زِہ گژھِہم آسنہٕ!"

"نوٚ نوٚوے چھُنا توٕے۔" جانہٕ بژٕ وٕونُس ٹھٹھہٕ پاٹھۍ۔

"پگہہ پیٹھہ آپراوکھ یوٕرے۔"

"اَمانُو تہٕ گوٗڑھ آسہِ رچھُن آسُن۔ تتھ چھِہ کھبنہٕ کھاٹرہ اوٗنمُت۔"
شاہہ مالہِ دوٗپ زِہ اُمِس تھاوِنہٕ بہٕ کانہہ کتھ وَننہٕ سِی دار۔ "تمیٚ
آسہِ سے دارِتھی حلاٗلی کوٗرمُت، مگر سہٕ اوس ٹھکِت پیومُت۔

"بٔکھو، رووہ، مٲریون کیازِہ۔" جانہٕ بژہ دوٗنس۔ "وُچھ کرِتھ
شکلہِ ہس چھس۔ بلبہٕ چھس آواز تہِ زُٹھ۔"

شاہہ مالہِ ڈوٗل بُتھِ ہٕیک رنگ۔ تمہِ نیوٗ اسندہ "زُٹھ آواز" وَننہ
منزٕے تِلِتھ زِہ امہِ چھےٚ اِنسٕز سوہ بانگ بوٗزمژ۔ مگر اور کُن اَکھ
زِنہٕ بدلہ وُڑھس بیٚیہ۔

"اوسیتھ ژھوٗڈ کوکر بیٚلہِ میٚہ رچھنہٕ آسہن تیٚلے کیتیٚ کُنہٕ اُسی
پھیران۔ میٚہ یُس کوکُر اُمِس اَنُن وَنیاو، سہٕ چھُس نہٕ وُنہٕ تہٕ بدس
یوان۔ وونی چھس کُمی تام وعدہ کوٗرمُت زِہ یتھہ ژاٗنتھ تتھ دِمنے
بہم کرِتھ۔" شاہہ مالہِ باسیو زِہ جانہٕ بژہ رأوہٕ پِش اسندِ یہ جواب
بوٗزِتھ۔ امہِ دوٗپ زِہ یتھہ یہِ اورہ خبر کیاہ وَنم، بہتر چھُہ پانس
اندر اژُن۔

شاہہ مالہِ ہیوٚت اندرہ کنہِ سماوارس تیٚو نگُل تراوُن، مگر اُمس
اُمی سی کوکرہ سندِس سیایس سینہٕ۔ تہٕ بیٚلہِ غلام خان کُشدرہ بلبہٕ
اَکھ بتھ چھلِتھ گھرہ ژاد، شاہہ مالہِ پھرس چیایہ پیالہ تہٕ دوٗنس

"چاے چیتھ ژھنتہٕ اُمِس کوٗکرِس کھش کرِتھ۔ مجلس منزٕ
لسُن بسُن چھُم۔"

"اَمانی تہٕ مجلس کیاہ اَتھ سیتی۔" غلام خان وٗوتھُس لواسہ
کھُنڈا ژاپان ژاپان۔ "روزٕ دأرِی چھِنہٕ زٕہ سحر وَقتُک چھُک
مُغالطہٕ گژھان۔"

"ژیہٕ کیاہ، ژیہٕ چھےٚ کتھے آژٕہ۔" شاہہ مالہٕ کھٔژ ژکھ۔ "اَدہ
ییٚلہٕ نہٕ ژٕہ مارِہَن بٕ کرہ ناوس پانٕے صمدٕ کھشس اتھہِ کھش، دپہٕ
بُہ یہٕ فیشن بلایہٕ رچھِن۔"

"کرہ ناوُس۔" غلام خانن کرٕ ژرِ وٕنی کتھ۔ "مگر یتھ نہٕ پتہ بیٚیہٕ نوٗ
کوٗکرٕ اَنیج فرمأیِش آسِیم!"

"کینہہٕ کرٕنہٕ کرِے بہٕ فرمأیِش۔" شاہہ مالہٕ دِتی بُلِی سماوارس پھوک
یوٗنشہٕ۔ "یہ کیاہ جانہٕ بڑہِ ہُند کوٗکرٕ ہے دٕوہ دوہس آنگنس
منزٕ بہی سیٚھَے آسان۔"

غلام خان ییٚلہٕ کامہِ دٕراد شاہہ مال ژھٕد تہٕ گیہٕ صمدٕ کھشس
گھرٕ، یہٕ وُچھنہٕ موہ کھ زِہ تمی چھا کینہ اودٕہ یور چھُہٕ کُن دٕرامُت۔
صمدٕ کھشہٕ اوس محلہ کین کوٗکرن ہُند کھشہٕ ملہٕ۔ اُمِس ورائے تہٕ اُسی
وارِیاہ کھش کرُن ژانان مگر اُمِس اوس دوہ نی کیاہ تام ناوِی ہیوٗ

ژوگمٕت۔ توَے تہٕ ادس اترِ کوکرنٕ شی ژٕرٕ صمدی کھشہٕ پیوٚان "ژنتھ ووہو
کڑنہٕ یوان۔ صمدی کھشہٕ ادس امہٕ وزِہ گرمی تہٕ دارہٕ پیٹھے وٚونُن شاہہ
مالِہ——

"گژھ باۄنُ بہٕ کرس کھش۔ مگر بہٕ تہٕ کیاہ ووت سو شامس باگ۔
پینہٕ دیوٕ زٕ ہی باژ کھمون' او۔"

اَدہ پتہٕ ژٕرٕ کمٕ کوٚرٕ سے ٹھاک۔ چیانہٕ کھوتے چھا۔ "شاہہ مالِہ
وٚونس جواب تہٕ اسان اسان آیہ گرہ واپس۔ یہ اُس خوش زِہ جانہ
بڑہ نِشہٕ رٕوزِم نس سیوٚد۔ نتہ اَسَم ووہ نی کالہٕ صُبح تیہنزہ یامہ بوزنہٕ۔
شاہہ مال ییتھے اورہ پھیرِت آنگنس منز ژٕایہ' اتہٕ وُچھُن بدلی
حالاہ گومُت۔ بچارہٕ کوکرہ اُکس اَندس کُن شروٗ کنبن ژٕامژٕہ۔ جانہ
بڑہ ہُندی کوکرن اُہندِس کو کرس ییتھ سخ یاٗ ٹھو جنگ لوگمُت۔
یمَو سو قیامت پانہٕ وأنی ملہ ناوِ ژٕ تہٕ سہٕ گرِدہ پٕھٹنگہ تُلی میتہٕ نہٕ ہ
کنِس خُدایس چھہٕ خبر۔ پیٹھہٕ جانہ بڑ دارِہ پیٹھہٕ بیتھ اُہنزِہ اَتھ
لڑایہٕ تماشہٕ وُچھان۔

شاہہ مالِہ باسیو زِہ جانہ بڑ چھہٕ اُندری کنہ خوش۔ تس چھہٕ پوٗرہ
یقین زِہ میون کوکُر چھہٕ زینتھ۔ تہٕ کیازِہ سُہ ادس نلہٕ نکھہٕ کنہ راُندہی
ہیوٚ باسان۔ بلیہٕ اُسنہٕ محلکی ساری کوکر اکِہ اکِہ آنیہٕ منگہٕ ناومتہٕ۔ شاہہ

مالہِ ہیوتن وائجہ دُب دُب گژھن تہٕ ہتھس اکہِ رنگہٕ بیا کھ رنگ ہپدن۔

جانہٕ بژہ ہندکو کر اوس وزلی تہٕ شاہہ مالہِ ہند چھوٚت۔ یمن آسہٕ گردنہٕ ہنزہ تیرہِ پوٗرہ دائیرن منز کھڑا گامژہ۔ شرارتہٕ سیتی اکھ کلن نٹھ نٹھ تہٕ بھتھراے۔ امہِ بھتھراے سیتی آسہٕ یمن گردنہٕ ہنزن تیرن بجلی کرنٹہٕ ہشہِ یوان۔ بدن اکھ زیٹھے متی تہٕ پھوٚتین واش ہیوٚ درامت۔ یم اسی اکھ اکس مقابلہٕ وزتھ تہٕ بھتھراے ہژہ گردنہٕ زیٹھہ راوِتھ اورہ یور نارہ شیچھہ باوان۔ تہٕ اکھ اندر بے پرسان پاٹھی اکھ اکس جف ژھنان تہٕ تونتو سیتی ہڑوس تہٕ برڈوس تلان۔

جانہٕ بژہ ییلہِ شاہہ مال آنگنس منز اژان وُچھ، سو بیٹھ وارہ پاٹھی دارہ پیٹھ۔ شاہہ مالہِ باسیوٚ زہ امہِ روٗٹ چاو۔ جانہٕ بژ وژھن "یہ چھکھو وُچھال۔ اَدہ بامیون یہٕ ژھوٹہ کو کر کیاہ پوشہِ اس چانس کو کرس۔ مگر کھرِس کیاہ۔ ہنے پانژھ دِہ پانژھ کئی۔ اما پوٚز یتِہ وَنے ژلہ وادیس۔ تہٕ چھن محلکو کر دید وَنہٕ نادی متی۔"

شاہہ مالہِ گو اندری ہے۔ مگر وَنہٕ ہس کیاہ۔ یہ اس پچھاوان زہ ییتھ کیاہ گو یہ۔ اَمس گو شک زِہ جانہٕ بژہ چھہ زانتھ مانتھ پننہٕ کو کر یور ترووُمت۔ اَمس اس وائنچ نوٚے نوٚے کران زِہ

دوہتھ تہٕ چیرہ اُمِس جانہٕ بٕڑہ ہُندِس کوکرس ہوٚٹ۔ امہِ سوٗنچ زِہ یتھۍ
پَتہٕ یام دِیم تُیُتھ کوہٕ تھاوس بٕ بٕرٛونٹھی لوٗر پیٚٹھہٕ۔ یہِ وُڈٕھس :

"میون یہِ کوکر لگہِ ہٕ اَتھہ جنگہِ جنگہِ۔ یہِ چھُنا بدل ذات، توٚے
چھُہ درٛوگ تہِ۔"

کوکرو لاج ہٕڑ دُس تہٕ بُڑدُس تُلی تُلی قیامت۔ یِم اُسہٕ اکھا اَکِس رَتھ
والان تہٕ تیرہِ کھنُزان۔ جانہٕ بٕڑ اُس دارِہ ہُندِس دَمس ژورہ سان تھف
کرِتھ کلس ژوے تہٕ ژوٚٹے کران۔ شاہہ مالہِ اوس بُتھ اُتی نی نارہ چاتھ
ہیوٗ گژھان تہٕ اُتی نہِ لیڈر پوش ہیوٗ گژھان۔ سو اُس اَندرِی کنہٕ اَکھ
ہوٗران تہٕ زہر ژاپان۔ بلکہ اُس وُٹھ پھِسرارے کرِتھ جانہٕ بٕڑہ ہُندِس
کوکرس دوہ ہوان — "گژھ ژیہٕ تونٛت بینہٕ وُسِتھ۔ ژیہٕ ژنگن
وَرِج گژھُن۔" کوکرو ووٚل اکھہ اَکِس رَتھ۔ جانہٕ بٕڑہ ہُندِس کوکرس
اوس ہٕ دوہ ژُل رنگ آسنہٕ کِنہٕ بوزنہٕ یوان زِہ کوتاہ اُس تہٕ کیاہ اُس۔
مگر شاہہ مالہِ ہُند کوکرُ اوس چھوٚٹ آسنہٕ موکھہ خوٗنی خوٗن گوٚمت
باسان۔ اُسند یہِ حال وُچھِت رُود ہٕ دوہ نی شاہہ مالہِ پانس تام کینہہ تہٕ۔
اُمِس ژوٚل نیرِتھ ———

"ہہ یہِ چھایہٕ رَتہٕ چھیہٕ لگُن۔ وُچھ کُس حال کوٚرُنے۔ اُمِس پیٚٹھہِ یہِ
تونٛت وُسِتھ۔"

"اوٚت پیٚٹھ کتھ واتِھ - وُنہٕ کیاہ گو - وُنہٕ وُچھ پیلہٕ دبہ وَنہٕ نادہٕ لس"
جانہٕ بٔڑہ کوٗرِس واد -

شاہہ مالہِ اوس وۄنی جانہٕ مَنس پیٚٹھ آمُت - اُمِس اوس کالہٕ
پیٚٹھے اکہٕ پتہ اکھ حاٲرۍ ثات بُنِتھ آمُت - یہٕ دِیہٕ ہے جانہٕ بٔڑہ خیر کیاہ
ٹیوٚٹھ جواب یِتھ تہٕ جانہٕ بٔڑ تہٕ ژھوہ پہٕ کرِہے - تہٕ یہِنٛز پہٕ اُندرۍ جنگہ
جنگ وارِتھے وۄہ ہوَن تہٕ بکواسس پیٚٹھ، زہ ہنگہ منگہ ژوٚل اکھ کوٚر -
یہٕ اوس جانہٕ بٔڑہ ہُند تہٕ شاہہ مالہِ ہُنٛدۍ کوٚ کرِن ہیٚرس ساٲرۍ سۍ آنگنس
لارہ لار کرِنی - شاہہ مالہِ باسیو زہ جانہٕ بٔڑہ ژُج عرقہ ژھٹ نیرِتھ تہٕ
بُتھ گوس ہِمنٛز تاؤ ہیوٗ - مگر یِمن ژ بتھ رچھنہ کھاٮ۪تہٕ کوٗرِن تِمہٕ دوٗر
زن بہٕ اکھ جنگہٕ جنگہٕ ہیٚتی کاتھہ تہٕ غرض اوسس -

اَدہ باتہٕ یہے کوٚرُ ماریوٗنا - "جانہٕ بٔڑہ وۄنُس اَتھہٕ ہونگنہٕ دِتھ
"میوٚنے بوٗزِو، رُچھوٗن، مہٕ ماریوٗن ! "

"تَتہٕ بوٗز ژھوٚ تہٕ پۄزےٚ - "شاہہ مال وُژھس رۄہ پہٕ کنہٕ داٮ۪ج نژہ
نادان - "میٚہ نِشہٕ آسہٕ تن کوٚ کرس ہیٚتھ ناصِفتہ - کالہٕ کی پہرہ دِیٚ تَن
بانگ - میٚہ یِچھی تہٕ تمکو غم - مگر جنگہٕ جنگہٕ کیتھ گژھہِ سخ آسُن - بہٕ اُس
سےٚ یٔتھے کوٚرُ ژھاران ! "

# آبہ سَرٕ کنہٕ پل

(فروری ۱۹۶۱ء)

ہَردٕ ژٕ دوہ اُسی۔ سونہٕ ہاژٕ ترٕ شولہٕ وُنی دوہ۔ آفتابہ اوس بالہٕ بُزی گژھت نظرِ تکہٕ ڈولمُت۔ اما پوز اکھ دوہ ژٕ ژٕ موٹھا اُس وُنہٕ ترٕ آسمانس سایہٕ گاش دِوان۔ جاناوار اُسی پنگتو پنگتو مو کلِتھ دوہُی اکِہٕ اکِہٕ دوہِہ دوہِہ اورہٕ یور وُپھال ترٕ روت آلین کُن دوران۔

تام دِژٕن تُنٕ وُنل داٲرِتھ۔

وُنلہٕ ہُنٕدِس اَکھ زالس منز گو نظرِہٕ ہُند دامن داریاہ تنگ ترٕ اَندی پوک موژیو اُکِس لوکٕٹِس ناداںس اوتاہ۔ وُترٕی داوِہ رِنگشو ہیوٕت سوٕت چَلُن ترٕ گُلِنجن پیٹھ لگو زرد پنہٕ وُ ژٕھر اَلیہٕ ترٕ ڈلنہٕ۔

تام دۄراوشامہِ تارُکھ نۄن !

رژھا گژِھت آو اکھ ژھبنہ گومُت اُخری کوتر تہٕ وُپھان
وُپھان وُنلہِ اندر دُور کتھہ تال شایہ پنِنِس روت اٲلِس کُن رۄزنہٕ۔
اُہندِہ یکھ واوِہ سیتھ مُوز کیو نژھ کالاہ فضاہس اندر اکھ بے
آواز حرکت ہِش گژھان۔

ییتِس کالس گیہٕ اُخری گاشہِ ژٕز تہٕ ژھبنہ تہٕ ہُتہٕ ییتہٕ لۄگ
آسمانس تارُکا تارُکا پھٹنہ تہٕ نۄن نیرنہٕ۔ وۄہ نی اوس سر درشام ژھۄ پارِ
ٹاکھین وہراونہٕ آمُت تہٕ ساروِی جاناوارو اوس پننین روت آلین
اندر قرار لۄبمُت۔ البتہ اکھ ہاجِرہ اُس وُنہٕ تہِ ڈالانس پیٹھ یرہ
ژھبنج کُنز تہ روت آلِہ رۄس یخ بستہ بہتھ۔ اُمِس اوس نہٕ کُنہٕ
ہیُرنگ تہِ احساس۔ نہ امِہ سو نہاٲری تہٕ شعلہِ وُنہٕ شامُک، نہ یمہِ کتھہِ
ہُند نِہ سو چھ اکھ زنان، قبول صورت تہٕ کھسہ وُنہٕ واٲنس۔

ہاجرہ اُس موغل سرکِس پچھمی پُٹھِس پیٹھ اُکِس خام سیرِ
مکانس منز روزان۔ اَتھ اوس دۄیمِس پۄرس شیرہ پاسہ ارہ ور
اکھ ہُٹمُت پچہ ڈالانہٕ۔ یہ جلے اُس اُمِس ٲلِس ماجہ ہنز، ہشیہ
ترک زمینہٕ سان، گُل پل وراثت رُوزمژ۔ اُمِس اوسکھ نابالغی منزی
گر نہ امترادمُت، یُس یمن دۄہن اُمی سندی یٲٹھ نابالغ اوس۔

یِہ اُس تس سیتی بأے رایہِ گِندان دٕژوکان تہٕ ژُوان روشان — لوکچارِکی ییتھی ہی کھاندر چھِنہٕ عام طور کامیاب روزان۔ کینہہٕ نتہٕ کینہہٕ کھُری ناو چھِ یا تریمِن ژھین کران، نتہٕ چھِ دوٕن یاژن عمرِ عمران اکھ دِق دأری للہِ وِنی روزان۔ مگر ہاجرن یوٗژھ بالغ گژھت وَژِھ وأنجہ پنُن زُون۔ یمِن سَپُد پانہٕ وأنی تییُتھ رُت بنارِہ زِہ مأرِس ماجہ أکھ نہٕ پژھ ترِیوان۔

مگر زندگی چھِنہٕ اِنسانن ہُنزی أژ یَژھ وُچھان، اَکھ چھِ پننہِ تہِ اکھ یَژھ آسان۔ چنانچہ کھاندرِہ پتے آیہِ ہاجرہ زِندگی ہُندِس واوہِلِس منز وَلنہٕ۔ گوڈٕہ موٗیَس موج، توٗہ پتہٕ موٗل، تمہِ تہٕ ستنی دوہن اکھ أکِس پتھ برٛونٹھ۔ زُون ترٛاوُس بیماد گومُت، مگر توٗت تام اوس ڈاکٹری مدد اور وومُت تہٕ تس ہیوٗک نہٕ ہأنہِ بیمارِہ ہوٗرٹ چیرِتھ۔

ہاجرن زُون اوس آب بانہٕ۔ سُہ اوس وٕشرِہ منز مہان پیرہ ناوِنچ موٗزوری کران۔ ہأنہِ بیمارِہ تلہٕ دوٗتلنہِ پتے گوسُہ کامہِ پیٹھ والیس مگر توٗت وأتھ ژوٗدری دوٗہ وأژ تیسندِہ ہنگہ تہٕ منگہ مرِنچ نبر۔ کینہہٕ أسی وَنان زِہ أکِس شہتیرس اَرہ کران کران لوٗگُس دَب تہٕ کنہِ پلس سیتی چھاونہِ پتھ پھُٹُس کلہِ کھانیر۔ مگر کینژن ہُند گفتار

اوس زِ ہ ٹھیکہ دارس ہیتی سٕپُدمُت کتھ تال کتھِ پیٹھ تکرار۔ تمُو
لٲگِس ہٲرِس لتھ۔ یہِ آد وُکمرادِنہٕ تہٕ تتھی ہیتی دِتُن امانت۔ ظاہِر
پیچُس بوکرِ دَچہٕ۔ بہرحال کتھ یہِ سپٕز تہٕ تہٕ، ہُمنہ بیمارہ ہےٚ
ترآوِیوو، مہازٕ ٹاسن نیوٗ پانس ہیتی ڈٕہتھ۔

ہاجرن یام یہِ کوٚشچھ لوٗز اُمِس ژوٚل ژُو یِنِہ تھ۔ ژوہ پادٕ
آیِس اَنہٕ گٹے انِہ گٹہٕ لبنہٕ۔ زِندگی ہنز یہِ بتھ وَتھا آیِس دزان تہ
دِیان دزٕ عٹھ۔ یہِ بَنے یہِ اکھ زِندہ لاش ــ بےحِس، سرد تہٕ
خاموش۔ اَمہٕ ترٛوو گامس کُن نیرُن تہٕ کانٛسہِ ہیتی رَلُن میلُن۔
یہِ اُس دوٚہہ دوہس یا تہٕ ڈالانس پیٹھ بہان، نتہ ڈُلٲمی ڈُلٲمی
پلن پیٹھ موغل سرُک تماشہِ وُچھان۔ کُنہِ لُطفہٕ کھاترٕ نہٕ، بلکہِ
محض وُچھنہٕ کِنہٕ وُچھان۔ بےمقصد، بےمعنہٕ، خوٚشی یا غم کہٕ
کُنہِ تہٕ احساسہٕ وِچھاسہ رٕوس۔

اُمہِ سُند کُل گُذارہ اوس تتھ زمینس پیٹھ، یُس ہٲلی میراثہ
پیٹھ کُن اوسُس رُودمُت۔ اَکھ اوس دوہہٕ نی گامُک اکھ نان گار
نِصفہٕ حِصس پیٹھ لاگان۔ گامس منز اُسی اکھ ژہ جوان تیتھی تہٕ
یِم پٕژھان اُسی زِہ ہاجرہ گژھہ تِمن ہیتی گھاندر کرٕنی۔ تہٕ کیازِہ
ہاجرِنی دامنس اُسی کاژاہ دُ نہٕ۔ لوٗڈ بڈیم اردِہ ۱۸ ـ گھاندر

سپدِتھ زیادہ کھوتہٕ زیادہ اوسُس اَکِس وُرِہِس رُون زِندہ۔ وُنہِ
اُس اُمِس یہِ دُپِہ زِہ تہِ کھاندرِچ مانز اَکھن کھورن سادر وارِی
لاگ۔ مگر ہاجرس اُس دوٚیمہِ کھاندرِچ غاہِش موٚمژ۔ اُمِس اوس
دِماغ شِٹھیومُت، دِل ہُند ریومُت تہٕ پان بےحِس سپدمُت —
گامس منز اُس اُمِس متعلق دوٚنی یہِ کتھا عام زِہ یہِ چھےٚ پننِس جانِن
منز پورہِ پوٗر۔ توٚتے تہٕ اوس نہٕ اُمِس نِشہِ کانٛسہِ یِن گژھن۔
ہاجرن مکانہ اوس گامہ نِشہِ ہنا بیوٚن بِدوٗن۔ البتہ اَکھ مکانس
نکھہِ تل اوس اکھ سرکاری ریسٹ ہاوس۔ یہِ ریسٹ ہاوس اوس
ٹرٛوٹ نالہٕ نزدیک آسنہ کِنہِ اتہِ بناونہ آمُت۔ بذاتی اوس یہِ
پٹوار حلقہِ مگر یتہ آو اَکھ کچھ تہ روغن کرِتھ سبٹھاہ کینژھ ٹیپ ٹاپ
کرنہ۔ اَکھ اَندی کِنہ اوس دِیرہ وارِک سہٕ کُلی گنبر زِہ ہاجرِنہ مکانہ
بیٹھہ ہرگاہ اوٚت نظر تراوِ ہو، سہ اُس کُلین منزی روٗزِتہ تہٕ رُکاسو
گژھان۔

یُمہِ وِزہِ آسمانس پیٹھ اُخری گاشہِ زُنہ تہِ ژھیتہِ گیہٕ تہٕ ہُتہِ یَتہِ
لوٗگ تارُکا تارُکا ہیتنہِ تہٕ نوٚن نیرنہ، ہاجرس آو کُلی لنجہ منزی
ریسٹ ہاوسس اندر گاشہِ ہیوٚ دزِنیتھ۔ یہِ گیہٕ پننہِ شایہ حائرانی
زِہ ازکُس چھہٕ یُیژکالی یُتہ کالی اور روزنہٕ آمُت۔

ہاجرہ ژ۱ایہ ڈالانہ پیٹھہ اندر تہٕ ژونگ نہٕ اَتھہ لَج پھیرِنہٕ نرِس ٹیب دِنہٕ۔ اتھ اوسُس ڈالانہ کِس اَکِس کلس سیٹھاہ دُو ٹھ تہٕ ہیٗو وُٹھمُت۔ وُنہٕ اوس امہِ شُرِنہٕ پَنُن تورمُت نہٕ اُمِس گو وُنہٕ کِس بَرِس گوٗڈہ لوٗت لوٗت تہٕ پتہ زورَے پٹھکن ٹھک ٹھک۔ امہِ کوٗڈ کرِیمانہٕ تہٕ کیانہٕ زہ ژٗون مُرِتھ اَتھ دمِس تام اوس نہٕ کانہہ تہٕ شامہ پتہ اُہندِہ بَرہ کینہٕ یوٗکمُت۔ یہِ وُژھ جل جل تھووٗد تہٕ بوٗن وسنہٕ بجایہ دژ۱یہ ڈالانس کُن یتہِ وُنہِ کِس دروازس پیٹھ نظر اُس پیوان۔ امہِ وُچھ اتہِ اکھ نوجوان اِستادہ، یُس شکلہِ صوٗرتہٕ تہٕ پلو پوشاکہٕ کینہٕ شہری اوس باسان۔ امہِ زون زہ یہِ آسہِ رِلیسٹ ہاؤسہٕ منزہ آمُت۔ یہِ وُژھس:

"ژہ کُس سہ چھکھ ژھانڈان؟"

"کانہہ ناو۔ میٗہ آسہِ زِنہٕ ہیچہ ژھومبرہ ضرورت۔ وُنی چھہ کین پیپہ وکھ صُبحس کرِو اُسہِ پَنُن انتظام۔"

"مگر ژہ کُس سہ چھکھ؟"

"بہٕ ہو چھُس نایب صایُن اکھ کلرک۔ اُسہِ وآتی وُنی وُنی یور۔"

"تہہ چھوہ سہ رِلیسٹ ہاؤسس منز رُوزِتھ؟"

"آہانُو، اسہِ روزہ دفترہ تہٕ ڈیرہ اَتھو۔ بیٚیہِ کوٗت گژھو۔"

" یوڑ کیاہ کرنہٕ چھوہ آہتی ؟ "

" یہٕ چھُنو نوٚ بندوبست سپداں ۔ یتھہ علاقس تہٕ سپدہٕ ۔ توٚے رچھہ آہتی ۔ "

" اچھا روز ۔ بہٕ تراوے یپاُری کینہہ پھلہٕ ۔ "

" مہربانی ! "

ہاجرن تراوِہ اُمِس نِژی ہیچہ دہ مرہ تہٕ پانہ ژاییہ بیٚیہ اندر واپس ۔ اُمِس اوس دوہ زیٹھان تہٕ راتھ ژھوٚٹان ۔ راتس ننِدرِ تراُوِتھ یٚلہٕ گاش پھولہٕ وُن یہ ہُشار اُس گژھان، اُمِس اوس باسان زٕ نفتہ یہ وُنی وُنی اُس شوٚنج مژ ۔ مگر دوہ اوُس ڈالانس یا سرِس پیٹھ بِہی بِہی کوہ ہس سمُب گژھان ۔ یہ اُس اکان تہٕ تھکان تہٕ پھِرِ پھِری اَفتابس قدم گنٛزران نِہ کوٚت دوت تہٕ کوتاہ پوٚک ۔ یُہ وِزِہ اُدہ اَفتاب اوس لوسان، اُسُند سوزُسے جسم اوس ٹھکتھ تہٕ ژھینتھ یوٚت آسان ۔

یہ زانہے نہٕ اُسُن ۔ اَسہِ ہمے تہٕ کس سیتی ۔ توٚہ پتہ اَسان چھِنہٕ وُٹھ بلکہ دِل ۔ تہٕ اُمی سُند دِل اوس کُنہٕ بَنیومت ۔ موغل سرکہٕ ہنٛڈیک پَل، یتھ کُنہٕ تہٕ لہرہٕ ہُند اَتھہ کیتہٕ کتس چھُنہ پلان

---

پِ راتھ گژھت دٔوہِ دوہہ دٕپہرس باگی اُس ہاجرہ پَلس پیٹھ
بِہتھ سرس وُچھان۔ سرس منز آسہٕ مُنزی داوہ رِنگشو ہستی رنچہ رنچہ
ٹھپٕہ ہِشہ پھوان، یِمہ راشہِ لد اَتھکی پاٹھو تھر تھر آسہٕ ہِلان۔ منزی
اوس تِمیتھ سکون سپدان زِہ آنیچ سطح اُس آنہ پوٹ ہِش گژھان
تہٕ آسمانس پیٹھ آوارہ سفید سفید اوٚبرہ ڈینجن ہُند عکس اوس اتھ
منز کُنہِ ژھایہِ گرایہ رٕوستے دٕرینٹھی یوان۔ راژہ پونپرہٕ تہٕ سُترِہ مچھ
آسہٕ سشی کرِتھ آبہٕ سطحس پیٹھ وسان تہٕ دُور تام کھرہِ ہِش ترأوِتھ
بیٹیہِ ہوا ہس منز نژن ہیوان۔

تام گو آبس تھٕس

ہاجرن تجٕ یکدم نظر بگراتہٕ وُچھن صرف اکھ کھلہ دأیرہ بُٹھس کُن
دَوان تہ دوران۔ امہِ نیوٗ یہِ گاڈہ ووہٕ ڑکُن۔ تہٕ کیازِہ اَتھ سرس منز
آسہٕ گاڈہ تہٕ گرِن تہٕ، یِم عام خیالہ موجُب بند سرچ آسنہٕ کِنہٕ کھینہٕ
حرام چھہٕ آسان۔ تام گو آبس بٕنیہِ تھٕس۔ یہِ اُس گاڈہ ووہٕ ہنز
یہِ جلے دُنی رادیچی کوشش کران زِہ بٕنیہِ گو ہیتھے تھٕس۔ امہِ ابہٕ
وُچھ امہِ زِہ یہِ چھنہٕ گاڈہ ووہٕ کینہہ تہٕ بلکہِ چھہٕ گُتام سرس اندر
کنہِ ہکلی لایان۔ امہِ پھر پانس کھو وُرکُن نظر تہٕ اورہ وُچھن وِیرہ دارٕ
منزی راتُک شہجوان کلرک پانس کُن یوان۔

ہاجرس گوٚو وۄپہ اِنسان پانس کُن ینگُ کانہہ تِہ تغافُر۔ یہ یمہٕ
آ پرٚیس بیٹھ بہتھ اُس، تمی اندازہ رُوز بہتھ۔ عازم ووت اُمس
بروٚنہہ کُن تہ یِوان یِوانی لوٚگُس وَننہٕ ——

"بہٕ ہوٚ اوٚسس ژِھجہم کنہِ پھلی لایان۔ میہٕ دوٚپ تلا یہ کاغذاہ چھہ
سرٚہ کیس تماشس محوٗ گامژ۔"

ہاجرن دیُت نہٕ اُمس کانہہ تہِ جواب۔ صرف لجُ ساڑہٕ سِجا سرس
بٹھِ بٹھِ نظر پھیرنادنہٕ۔ عازِمن پرٚژھس بیٚیہٕ ——

"یہِ چھیوٚ ژٕ یہٕ مالِنہٕ گرہ؟"

"اوَے!"

"تہٕ کُژ بینہٕ بائے چھوہ؟"

"نَہ، اکھ ترٕ نہٕ"

"اَدہ کُس چھےُ ژٕ یہٕ گرس۔ موٗل موجی اوٚ تہٕ؟"

"نَہ، تِم تہٕ مرِتہٕ متہٕ"

"اَہانو تہٕ پتھ کس سِتیٚ چھکھ ژٕہ روزان؟"

"ژٕ یہٕ کیاہ سَرٚ چھےُ تتھ سِتیٚ؟" ہاجرن ووٚنُس تیز لہجہ پھیرٕن۔
عازِمن زون ژِہ اُمس گومیوٗن یہِ وَنُن ناگوار۔ تمہٕ تہٕ بدلوو

لہجہ ——

"کینٛہہ نو۔ میٛہ تہٕ چھہ پانس چانٮ۪ بٲش گٲمٕژ۔" عازِمن کرٕ ژھھ یہ تہٕ ہاجرن، ہیوٗت کھوٗرہ بستہٕ آب چھوکہ ناوٗن ہیوٗ۔" عازِم ووٗتھس بیٛیہ ـــــ

"میٛہ تہٕ نہٕ چھہ میٛہ کانٛہہ بینیا بوٚ یا تہٕ نہٕ چھم موٚسلے زِندہ۔"
"موج چھیٛہ؟" ہاجرن پھیُر اَمِس کُن بُتھ
"اَہا نو چھم، مگر سہ کیاہ اَسُن گو!"
"کیازہ؟"

"سہ ہوٚ چھ بُڈہ تہٕ صحتہٕ کِنۍ تہٕ موٚ کلیٛمژ۔ اصلی بوز میٛہ تہٕ چھہ چانٮ۪ بٲٹھۍ یتھ تہٕ نو داے تہٕ برٕونٛٹھ تہٕ نو داے۔"
"تو ہہ کُس سہ چھوٚہ یتہٕ رٕنن پیوٚن؟"
"نائب صابس چھہ پنُن لانگرِ۔ اُسہ چھہ ژٕوٚر کلرک پانے رنان۔"
"تو ہہ چھوٚہ رٕنٛنۍ تگن؟"
"ہتھ کران چھس اَڈہ پھوٚٹ وٕڈہ پھوٚٹ تیار۔ بہٕ چھس دپان میٛہ کرِ گژھہ واپس شہر تبدیلی!"
"کیازہ؟"

"تاجہ ہنٛز پریشانی چھم بیٛیہ کیاہ۔ بہٕ وٕرالو سیٛا نہٕ لوٗر۔ مگر دوٚہہ تامت گژھہ یتہٕ اَتھ واپس۔ موج ما تراوِم کُنۍ۔"

"تہٕ ہسہٕ چھہ پوٚز۔ کُنہ اِنسان کتھ لگہٕ۔"

"آہانٛ تہٕ تِہ کیازِ چھک کُنی زٕنی روزان۔" عازِمن کرٕ اُمنزی کتھ ہتھ۔

"اَدٕ کیاہ کرٕ؟"

"کیازِ، کأنسہٕ سیتؠ گوٚژھ کھاندر کرُن۔ یتھہٕ پأٹھۍ روزُن تہٕ کیاہ روزُن گو؟"

"کس سیتؠ کرٕ؟" ہاجرس ژوٚل بےٚ شوٗنکی پأٹھۍ نیرِتھ۔ توٚرے ژأپن یک دَم دَندن تل زٕلو۔

"میٚہ سیتؠ کر تہٕ۔ بٕ نِمتھ پانس سیتؠ شہر۔ تتی بسو۔ میأنی موج گژھ عیش۔ گاڑ نوش وُچھت۔ سو چھہ اکثر وٕنان ژٕنی کنہٕ گنڈ واٹھ گژِھ ہی، بٕ مرٕ ہا شِہج۔"

تامت گو سرہ کرِ ایارِ مہ طرفہ نائب تحصیلدار پادٕ۔ سُہ آسِہے چکرس دْرامُت۔ توٚرے اوس لوٗر گلوان گلوان توٚتی توٚتی پیرہِ تلان۔ عازِمس ہِتھے تس کُنہ نظر پیٚیہِ، سُہ وٚدتھ جل جل تھوٚد تہٕ ہیوٚتُن ژٕلُن۔

"بٕ ہو نیرَے ووٗنی۔ اوٚرہ چھہ نائب صاب یِوان۔ یُلہٕ ہے میٚہ کُنہ نظر پیٚیس، خامخاہ کرِ بے عزّتی۔ اُتھ چھہ یہ کُنہ منحوس ا

اکھ — "

عازمنہ گژھنہ پتہ گیہ ہاجرہ واریاہس کالس ہیے بنگہ دُوزِتھ
تِوہ پتہ وُژھ تہ ژرایہ گرہ - اتہ تہ اُسس گھہے دوہ تھان تہ گھہے
بھان - اُمس اوس نہ کُنہ اَندہ قرار یوان - دِلس اوس وُتارہ
دوہ تھان تہ دِماغس آولُن ہیو یوان - اُمس اوس پرتھ چیز،
آسمان، مکانہ، کُلۍ کَٹھ، بینہ پان سوری گتہ گیوُر کران باسان - یہ
اُمس وَدن کرِتھ دِژ پژھان - ترِژھ کرتھ یوس آسمانس پاشہ پاشہ
کرِہ، یوسہ زمینس خاک تہ ڈاک وُڈرادہ - مگر کرتھ دِنہ بجایہ
لج یہ صرف بگہ بگہ اوش ترادنہ تہ سونچنہ —— "اُمی کیازہ کرِ یژھ
کتھ - اُمی کیتھہ پاٹھی کُرِ یہ کتھ —" پہراہ گژھت بیلہ دِلک
بار ہنا لوتیوس، امہ کوز پانس ستی فاصلہ زِ یام یہ پگہ بیٚنہ واتہ،
پرُ وِنس صاف زِہ نہ گژھ میہ ستی کتھ کرنی تہ نہ گژھ کیتھہ
پاٹھی میہ سمکھُن!"

---

پگاہ اُس یہ سرس بیٹھ صبحہ بیٹھے عازمس براران - اُمس
اوس پورہ یقین زِہ سُہ روزہ نہ واتنہ روس - یہ اُمس سونچان -
"واتِن - پورہ پاٹھی کیاہ دِمس، ژٹ - آخر اُمی کیتھہ پاٹھی وَن

میٚہ ژٕہ کرمیٚہ ہیتی کھاندر۔ بٕ ہُمنہ پانس ہیتی شہر۔ یِہ کٔمس ادس میٚہ
شہر نِنہٕ ووٚل۔ بٔ چھُس کُنۍ تہٕ اُمِس کیاہ۔ یِہ کُس چھہُ۔ گوڈہ چھہُ
کٔمیُتھ۔ آیہ وایہ رٕوٚستُے کیاہ ذٔوپُن میٚہ ہیتی کر کھاندر۔ نَہ زان
تہٕ نہ پہچان۔ ہُوٚنہہ ـــ" مگر ہاجرہ نہٕ انتظارہ باوجود آو نہٕ عازم کینہہ
تہٕ۔ امی دوہہ نہٕ بلکہ بیٚیہ دوہہ تہٕ گو نہٕ سُہ اُمِس کُنِہ نظرہ ـــ" اَما
سُہ کیازِہ آو نہٕ۔ " یِہ لُجُ سونچنہٕ ـــ" بلایہ جایِ گو، آو نہٕ۔ ظاہر ادس
اُکِھت کرن۔ یِم شہری چھہِ ہیتھی آسن۔ مگر۔ خبر بیمار و بیمار ما آسہِ
گومُت۔ تیتہِ آسہِ ہس نبر کتھ ہٕ ل، یُیتہٕ پیٚوِس اڈہ پھوٹ کھیوٚن۔
تھوس ما اُنِس تمی ـــ مگر ـــ نہٕ ـــ ظاہر چھہُ اوترہ نائیب
صاحبن میٚہ ہیتی وُچھمُت۔ تمی آسہِ س بے عزتی کرمِڑ تہ گاٗزہ
کوٗرمُت۔ بچارس، میانہٕ موکھہ ووتُس بُلی آزار۔ اُٹھو تہٕ میٚز
ہیوٚ لےکس تہ بے آسرہ۔"

یہ اُمس کُنہٕ طریقہ نانُن بڑھان زِہ تس کیاہ عُقد آو بُنِتھ۔
اُہندِس دِل کِس پٔتِس سپدُ ہمدردی ہُند اکھ شگاف پاٗدہ۔

---

زُورِمہِ دوہہ اقتابہ لوسہِ وُن اُمس ہاجرہ اُندرہ کُنہِ ہِیتھ
چلے چھوٚان نِہ کُنہِ ٹھس ٹھپہ رٕوٚستُے گوس عازم برٛونٹھ کُن

پأڑہ ۔ اُمس پھیر یک دَم تبقِس دوٚ شلپن ژھٹ ۔ یِہ اوس گوڈنیک موقعہ ییلِہ خاوند مرنہٕ پتہٕ کانہہ مرد اُہندِس مکانس منز ییتھ پأٹھۍ اوس ہیوٚر کھوٚتمُت ۔ عازِمس اُمس اَتھس منز سیر کھنڈ وزنہٕ ترۄٹ گاڈ ۔ سُہ اوس شاید ییتھ بہنک سنز کران زِ ہاجرن پرٛژھس:

"یِمن دوٚہن کتہٕ سُہ اوسُک ؟ "

"ہتو کینہہ مَہ پرٛژھ کیتھ بلایہِ اُسی لگمژ ۔ تورٕکۍ کاغذات واغذات اُسی کھولان تہٕ تم حِسابہ سان تھاوان ۔ راتھ دوٚہ اوس موکُل ۔ مگر نأیب صأبن دوٚپ زِ از گژھو ترۄٹ شکارس ۔ اَدہ دوٚہی دوٚہس اُسی تورٕی دربدر ۔ اَکھتُے اُنم ترینہٕ گژھ تہٕ اکھ گاڈ ۔ ژِہ تہٕ روز اسہِ عِسپتی شأمِل ۔ " یِہ وُنِتھ تر اُدُامی گاڈ ہاجرس برٛونٹھ کنہِ ییتھ ۔

" ژِہ اُزِ ہ نہٕ ییتھ پأٹھۍ میہ نِشہِ یوٚن ؟ " ہاجرن تُج ترۄٹ گاڈ تہٕ ٹھوٚد وُنِتھ تِجس واپس پلہ نادینہٕ ۔

" کیاہ زِہ ۔ میانہِ طرفہ آیا کینہہ گستاخی ؟ "

" میہ وُوَنے گژھہ نہٕ یوژٕین ! "

" اُخر وجہ ؟ میہ تہٕ تاہ فکرِہ ۔ "

" ژِہ کُس مُچھک ، ژِہ تارسے فِکرِہ ۔ ! " ہاجرس گو اُمی بنِدہ

طرزِ کلامہ سیتی تیوٗ نگل ہیوٗ بُتھ۔

" تہٕ کیاہ گو، ژٕہ کُس چھکھ ؟ " عازِم تہٕ گرمیو

" اَدہ کیاہ، بُلہٕ خاہ مخاہ۔ نہٕ زان تہٕ نہٕ پہچان۔ "

" زان پہچان چھنہٕ تہٕ تمہ سیتی ؟ "

" ژٕ نہٕ کیاہ میٲنہٕ سیتی، ہوٚنہہ۔ "

" چھُمی، اَدہ چھُما آسنے۔ ژٕہ چھکھس تو تہٕ۔ "

" دفع گژھ یتہِ۔ بہٕ دِمے ژھین وچھن تہٕ۔ نیر کیاہ بوزُتھ ژٕ بہٕ! "
عازِمس دُود نہٕ پانس تام۔ تمہٕ ژُھنہٕ کھوورِہ اَتھہ اُمِس ترِٛژھ
کھف ژٕہ ہاجرس بیٚنہِ ٹھوپ کرِتھ تہٕ دوٚٹ گاڈ بیٚٹھ۔ دچھنہِ اَتھہ
کُڈنس کھوورِہ بتھی لیہِ سہ چاپھ ژٕہ ہاجرس یوٗٹھ کنن تام زرر۔
تام گو عازِمس پننہِ غلطی ہُند احساس۔ تمہٕ ہیٚوٚت پانہٕ پانے اَتھس
ژٕوٚپ تہٕ بتھس گیوس گمہ سُران نیرِتھ۔ سہ دِراو نو نہٕ پانہٕ ٹھو واپس تہٕ
گژھان گژھان وٚدنُن کلہ لیون تراوِتھ زنتہ پانہٕ پانس کُن —

" اچھا بہٕ یمہ نہٕ یود دوبارہ کینہہ تہٕ۔ "
ہاجرس پھوٗر نہٕ اوٚڈ لفظ تہٕ۔ صِرف گیہِ پوتُل ہش دوٚدِتھ۔ بروٚنزا
گژِھت دورِ ڈالانس کُن۔ مگر عازِم اوس وِیرہ وارس منز ژٲمت
ہاجرہ پھیر بیٚنہ اندر واپس تہٕ ترٛوٚٹ گاڈ گژھتھ دراوِ ڈالانہٕ کینہٕ سہ

ترأوِتھ ژھَننہٕ۔ یہِ اُس عاز مَنز یہِ بخشائِش تمِس والِس بُتھس لایِنز
یژھان۔ مگر ڈالانس تام واتنہٕ برٛونٛٹھی گیہٕ اُمِس کوٗٹھو رٛوزِتھ تہٕ
جِسمک اَنگ اَنگ گوس پَنہٕ پَنہٕ۔ یہِ بیٖٹھ پتھرٕ تہٕ بکہٕ بکہٕ لَج وَدنہٕ۔
"اُمو کیاہ کوٚر یہِ۔ اُمی کتھہ پأٹھی ہیوٚک یہِ کرِتھ۔" یہِ رُوزِ یژ کال
شرٛوکان تہٕ سوٗنچان۔ سوٗنچان تہٕ شرٛوکان۔

شامس ژیٖری یِلہِ ساری لوکھ شوٗنگی یہِ اُس ڈالانس پیٹھ موغل
سرس وُچھان۔ سرس منز اُس تارکن ہنز پھٕلکے پھوٚجمژ۔ وُنلہٕ تہٕ گٹہٕ منز
اوس یہِ بیٖتھ وَنک اکھ خیالی پرستان ہیوٗ ڈرٛینٹھ یوان۔ تِتھے کنہٕ عجیب،
خاموش تہٕ پُر اسرار۔ اُمی پُر اسرار نظارن دِیت گوڈنچہ لٹہِ ہاجرنس رُوحس
زوٗل۔ سیٹھاہ سٔرون تام کرٔنس پلن۔ یہِ لَج سوٗنچنہٕ۔ "بٕ ُنے کنہٕ
آسِہا، یہ ماکرِہ ہے یژھ حرکت۔ یرہ ژھیٚنس چھُ یی گژھان۔ کُن گو
ژروٗنگ۔ یہِ زن آسِہے نہٕ۔ بیاکھ کانہہ آسِہے اُہنزِہ جایہِ۔ ژور، بلایہِ،
بیمأری، موت۔ نہٕ نہٕ۔ یہِ کُنہٕ چھُنہٕ کینہہ تہٕ۔ کینہہ نہٕ۔ یہِ چھُس بِلکُل
رُوشنا مژ۔ خبر کتھہ۔ ظأہر لأگنس۔ لون مَتہِ نہٕ میٚہ۔ بٕ چھُس بِلکُل کھوژان۔
خبر کتھہ۔ ظأہر لَسنس بَسنس۔ گر لسُن بسُن بِلکُل تہٕ ووٚ۔ میٚہ یژہ تی کرُن
یہِ ساری چھہ کرُن۔ یہِ ساری آیہِ کرُن۔ بٕ کأژاہ وأنسی چھُس تیژ۔ دلیٖچ
کوٚر۔ میٚہ چھہ وُنہِ داریاہ کینہہ وُچھُن۔ میٚہ چھہ کیاہ وُنہِ وُچھمُت۔۔۔

شہر ترِ نہٕ - اَما شہر چھُہ کیتھہٕ آسان ؟ یِم شہرکۍ رچھہٕ بدلی آیہٕ کیتھہٕ کران - میٚہ تگِہ نا یِہندی پأٹھۍ کیتھہٕ کرنہٕ ؟ مگر کیازِ - یہٕ کیازِہ تراوہ پینٛژ گامہٕ کیتھہٕ - بۄڈ بُڈیٖم وَنمَن ژٕہ چھک گژھ - ڈٔنی تن - میٚہ کیاہ چھو نہٕ تمہٕ سیتھہٕ - یا گو چھُس نہٕ - یہٕ کوہ سہ پامۍ چھہٕ - اَتھہٕ کُس عأبی چھہٕ !

---

صُبحس کوٚڈ امہِ ہیچہٕ صندوقہٕ منزہ کھاندرک شوخ پیٖرہٕ جوڑہ تہٕ ژٕھنُن نألی - اُچھَن لوگُن سورمہٕ تہٕ عازمِنس پنِس رُوز تتھہٕ کنہِ پیاران زِ پرِیتھہٕ گھر شُس اُس ووت نہٕ ووت وَنان - مگر ووہ لُوسِتھ ترِ ییٚلہِ نہٕ سہٕ نوٚن ہٕراو، اُمِس لگو واریاہ خطرات ووتھنہِ --- " سہٕ ما گو میانہِ راتچہ کتھہِ پیٹھہٕ ناراض - یُہٕ ترِ کرِتھہٕ چھُس - میٚہ پزِہ ہے نہٕ تُس وَنُن ژٕہ کُس چھُکھ - مگر سہٕ اوس کُس - میٚہ اُسہٕ ووہنی خبر تُس چھُہ میون لُوت گوٚمُت - مگر گژھِہ ہیٚس کیازِہ نہٕ - سہٕ ترِ میأنی پأٹھۍ پرٕہ ژِھیُن - تس گژھِہ ہے نہٕ اَدہ کُس گژِھہ ہے - خبر ووہنی ییا سہٕ یوڑ - تمُہ ہے دوٚپ بُہ پیٚرہ نہٕ دُبارہ یوڑ کینہہٕ ترِ - یِم شہری ترِ کأتیاسنگ دِل رچھہٕ آسن ! اِنسان کیاہ نہٕ چھُہ جٔہلس منز وَنَن - اَدہ چھا تی یاد تھاوَن - تتھۍ تھفٕ کَرن --- "

ہاجرس گیٚیہِ پوٚرہ راے زِ عازم ییہِ نہٕ ووہنی کینہہٕ ترِ - یہٕ اُمِس

امہِ وِزِہ ڈالانس بیٹھ بہتھ تمہٕ سنزِ وترٕ دٕچھان۔ ترٕ بیتھے امہِ ووتھن

ہیڑاو، اوریٖ دٕچھن عازم پوان۔ یہِ گیہِ بیٹھِ اُتی بیترٕ بہتھ۔ امس

ہیوٚتن واَنجہ عجیب دٕب دٕب گژھن۔ یہِ اُس ووٚنی عازمس کُن

اُچھو تکنہِ مند چھان تہٕ اکھن ترٕ جسمس اُسِس بہٕ لو میکھ ووتھان۔

عازم کھوٚت نہٕ ہیوٚر کینہہ۔ سُہ رُود ڈالانہٕ سیوٚد بوٚنہ کنہِ اِستادٕ

ہاجرن دٕچھ سُہ غمگین تہٕ بُتھِ ووٚتھمُت۔ تسندہ پھیکو اویزان گاٹمتو

ترٕ یان ڈیپلومُت۔ سہٕ لوٚگ ہاجرس کُن اُچھو تکنہِ ورأیی وَننِ ـــ

"میٚہ ہوٚ دِزِہ راتکس معافی۔ میٚہ پزِہ ہے نہٕ ترٕ کرُن۔ میٚہ ادس

نہٕ تمیک کانہہ ترٕ حق داتان۔"

تمیک کیاہ چھہٕ۔" ہاجرن کٕڈ ہی لُکٕ لُمہٕ یم کینہہ لفظ زیوِہ۔

"چھُیی۔ بہٕ کتیک تام۔ ژیٚہ چھتو نہٕ زان ترٕ نہٕ پہچان۔ بٕکس

ادُسس ژیٚہ سیتی سُہ سلوک کرن دول۔ بہٕ چھُس بخدا سیٹھاہ

شرمندہ۔"

"یوٚرٕ کھسکھ نا ہیوٚر۔" ہاجرن دوٚپس دُکھ گمہٕ ناوِتھ۔ مگر عازمن

دُچھہِ نہٕ یہِ کینہہ ترٕ۔

"فرصت ناو چھمٕ۔ نائب صاب آسم ہیأرہٕ ژھاران۔ میٚہ دوٚپ

پگاہ صُبحے چھمٕ واپس شہر گژھن۔ ژیٚہ یہِ گوٚڈہ معافی منگتھ۔"

"شہر کیاہ کرنہٕ چھےٚ گژھن ؟" ہاجرہ ہیٚژ نی پریشان ہش گژھنہٕ۔

"تبدیلی ہوٚ سپزم۔ یُس میانہٕ جایہ سوٚنزکھ تس چھم کانٛہہ چارج دِین۔ میٚہ اُس نہ پژھ یُوت جلد کیاہ کرنم تبدیلی۔ مگر خُدایس کُن شُکُر چھ زیادہ کال پیوم نہ پرارُن۔"

"ژہٕ نیرکھہٕ صُبحے شہر؟" ہاجرس گو دِل بہتھ ہیوٚ۔

"آہانوٚ اُدہ کیاہ کرہ۔ تتہٕ آسم موج پریشان۔ میٚہ تہٕ چھُنہ یتہٕ دِل لگان۔ صِرف چھم تسٕ کُن فِکرٕ۔ اچھا، بہیو خُدایس حوالہ۔ معافی دِزِہ۔" یہ وُنتھ درا و عازم کلہ بون کُن ترآوِ پتھ ریسٹ ہاوسس کُن واپس۔

ہاجرس گیہٕ زبو زَن بنیتہ گلیتھ۔ صرف رُوز تس مُدعیہ وُچھان، یوٚت تام سُہ وِیرہ وارس منز نظرو نِشہ ڈوٚلُس۔ اُمس آیہ اُچھن اندر وُنیھچ وُداسی، غم تہٕ نا اُمیدی ژسِتھ۔ بڑونزا گوس شہر بند تہٕ تُوہ پتہٕ پھوٚٹُس اوٚش۔ یہٕ رُوز ژیر تام سَرس تہٕ اسمانس وُچھان یوٚت تام ژھینہٕ گومُت اُخری کوترُ تہٕ وُچھان وُچھان دُور شاخچہ وُنلہٕ اندر سفر کِتھ شایہ پننس روت آلس کُن روانہ سپُد تہٕ اُخری گاشہٕ زٕ ژرہ ژھبتہٕ گژھت لوگ ہمتہ یتہٕ تارکا تارکا آسمانس پھٹنہٕ تہٕ ژوٗن نیرنہٕ۔

---

# نۆوتاوَن

(ستمبر ۱۹۵۶ء)

بیٚتھۓ پۆکی دران پھاٹک کھُول، تلہٕ سٹرک لجۍ رنگ برنگی پلون
ہنزہ ژھایہٕ سیتۍ ژھٹہٕ مارنہٕ۔ اتھ سٹرکہِ چھہٕ دوہس منز دوٚیہٕ لٹہٕ
نخ بیدار گژھان۔ صُبحس ذٔہہ بجہٕ، ییلہٕ کالج کھُلان چھہٕ تہٕ دِگرس
ژورہٕ بجہٕ ییلہٕ یہٕ بند چھہٕ سپدان۔ وُں گو ہر گاہ امہٕ ژٕہکی پاٹھی بٔڑ دار
آسہٕ، تیٚلہٕ چھہٕ زہٕ ڈاے گھنٹہٕ سُلی یہن پھاٹک کھُلان۔ یۆہے ڈوڑ
بجہٕ ہیوٚ۔

کالجہٕ منزٕ آسہٕ کورہٕ نوٹ بُک تہٕ کِتابہٕ ہیٚتھ ہیٚو نیران۔ یہندہٕ اَسنہٕ،
پُرگشہٕ تہٕ کتھہٕ باتھہٕ سیتۍ اوس فِضہس منز زنتہٕ جل ترنگ وزان۔
دُہیر ڈلیتھ تہٕ اوس امہٕ وِزہٕ سحرُک ہیوٚ سرُور تہٕ سوکھ باسان۔ زُبیدہ
تہٕ شبنمہٕ تہٕ آسہٕ امی انمانہٕ گرِہ کنٕ گژھان۔ یِمہٕ آسہٕ دوٚنوَے اکی ہیوی
جماژ منز پران۔ یہندہٕ ہم قد تہٕ ہم سینہٕ آسنہٕ کِنۍ اوس گمانہٕ گژھان
زِ یِمہٕ ما آسن اکی ہی ماجہٕ ڈکرہٕ نرامژٕ۔ یہندس ولسہٕ تانس اوس

کمی کال گومت تہ اَمیک دُسلابہ تہٕ اوس شیٖلنہ طرفے سپُد مُت۔ زُبیدس ہیکہٕ ہے اکوے ناد اَسِتھ۔ اچھ دأر۔ سہٕ تہٕ نہٕ ونہٕ کنہ بلکہ پُنہٕ پأٹھی اَس سو ترٕھی۔ ہر گاہ سو مُسلمان کورٕ آسنہ کنہٕ عربی بُرقہ آسِہے نہ دِوان، خو والیس مولوٗم گاٹِیاہ بُلبل آسہن مَژر ونس پیٹھ وأتی ہیتہ۔ یِتھہ پأٹھی شیٖلہ ہنو پیالی اُچھو سأری سی بازرس روت نندر اَس مُہتھ نیمٕژ۔

گرہ کُنُ یکان واژہ یمہٕ سینما ٹاکی "نِشہ" امہٕ دوہ ہہ اَس اتہٕ آوارہ فِلم لَجُ ہژ۔ یمیک مٹنی شو تیار اوس لگنس۔ فِلم ہُند پروپگنڈا اوس سأری سی شہرس منز تمہٕ زورہ شورہ سان کرنہ آمُت زہٕ پر بتھ گرس اندر اَس اَمِچی ذِکرا فِکرا لجُ ہژ۔ ٹاکی برونہہ کنہٕ اوس سہٕ ژبلہ ژبل، زنتہ بے کارن کارہ بارہٕ چ برأژ آسہ بأگرنہٕ یوان۔

تہیَے یکہ اُسی تہٕ اژَو۔ "شیٖلن ہیوٗت زُبیدس اَسس آب انُن۔ "دیان ہے یژھ فلمی چھنہ وُنیک تام بنے ہژ!"

"کہیَے چھک ونان۔ وُچھ۔" زبیدن دِتس برُقہ تلی جواب۔ "سو کپأری اَنکھ ٹکٹ۔ وُچھان چھک نا کیُتھ رش چھُ۔"

"ژیٚر ما وٚنے تہٕ چُکاوُن۔ اُسی اژَو ٹکٹہ ورأی۔" شیٖلن وونس وُٹھ گمہ ناوِتھ۔ "روز ژہ یتہٕ نس، میانہٕ ذِمہ گو انتظام کرُن۔"

"اہاں تہ کیتھہ کنہٕ؟" زبیدن یوٗژھ کیتہٕ واتُن۔ "کنہٕ اَشناو دوشناو چھے اتہٕ کانہہ؟"

"اَشناو نتہ اَدہ وَنیہِ پیٹھے۔ ژہ روز یُتھ لس بروبد۔ بُہ مے بُرزِس
منزٕ واپس۔ " شیلہ دراییہ یِہ وَنِتھ تیز تیز ٹاکی کُن تہ زبیدہ لُج سونچنہٕ
زِہ اَندِہ سے کینہہ گوناہ تہٕ کیاہ گو۔ از چھ قودرتی بڈ وار۔ ہاف ڈے۔
فلم وُچھنس تہٕ چھُ وار تہٕ سُلہٕ گرہٕ واتو گرہ تہٕ واپس۔ زبیدہ اَس
وُنہِ پی سونچان زِہ شیلہ دا اَژس بیٹھہٕ بروہہ کُن۔ امہٕ اَسہ زِہ "فری
پاس" وصول کرہٕ میتہٕ تہ دو نوسے ژاییہ خوش خوش فلم وُچھنہٕ۔

ژوٗرِہ بجہ دراییہ یِہ شو مو کلیتھ سینما ہالہ نیبر۔ یہندِس دماغس منز
اَسہ باقی ژُکن ہندی پاٹھی فلم ہندی مُدری نغمہ رو نزہری وایان۔ اُچھن
اندر اُسکھ راج کپورنی بے پناہ ایکٹنگ ژھایہ گژھ کراں۔ یِہ آسہ
دو شوسے دو شلے مژہ۔ شیلہ ننُہ پاٹھو تہ زبیدہ عرفی بُرقس تل۔

"ذٕ پے ہے وُنی کیاہ کرو گرہٕ اَژِھ۔" شیلہ وُژھ مشورہ پاٹھو
زبیدس کُن ۔۔ "پکھ نہر ویار کرِ تام یمو چکر دِتھ۔"

"ہیسے ناسے۔" زبیدہ گابریہِ۔ "ژہ ہر بنہ چھک آزاد۔ میو مارن
گرِہ۔ ہمن کیاہ وَنہ کنہٕ اَسِس۔"

"او، بڈہ مارنے۔" شیلن کورس خندہ۔ "تم چھی نا ژیہ سیتھ سیتھ
لاعچھہ۔"

"آہانی تم وَنمن نا توہے بڈہ وارِہ دوہہ سُلی چھُٹی چھوہ گژھان وُنیک
تام کنہٕ اُسکھ دربدر پھیران۔"

"یِہ ڈوہ ڈِہ بجہ پیٹھ ژون تام ٹاکی وُچھنس جواب دِیہ کھ۔ تہ وَنہ

ہکھ اتہِ اور ترٕ۔ "شیلن دِتُس سوبخچس کیُتھ نوکتہ۔" اسہ کوتاہ کالی
لگہِ۔ بوڈ بڈیم گھنٹہٕ۔"

زبیدس ترٕ اوس نہ قلمہ گرہ اژنُک مُوڈ بھووُمت۔ امہِ کیٚنز اُسی نہٕ
تس پانس ترٕ گرہ کُن کُنھہ نیران۔ البتہ یہِ ہَن اُس پینز زِہ تس اوس
نہٕ شیلنی یا کُنھ سُلہِ ژِیہ گرہ اژنُک کُھلہ اِذِن۔ شیلہ اُس بڈٕ کوٗر۔
بڈٕ کورِہ چھہٕ امہِ رنگہ ساعجی طور مُسلمانن سبھٹاہ برونہہ۔ اُمس تمام
داتنُس اُسی وُینہٕ زبیدس واریاہ مُنزِل طے کرِنی۔ امہِ کیتھہ ہتز گداٗہی
اوس اُہندہِ بُیتھیُک عربی بُرقہ دِوان۔ یُس اُمس ترٕ وِزِہ ژٔرتھ
تراونُک جیرہ اوس پوان ییٚلہِ وترٕ یکہ وٕنی شیلہ نین اُمھن پیٹھ
دٕیرہ اُسی لگان۔ یتہٕ اُس جوان ترٕ یہ ہتھ جوانہ سندی یاکُنھ اوس
اُمس ترٕ پننہِ وجودکہ اظہارُک ہاوس گژھان۔ بُرقہ چھہٕ اتھ اظہارس
کھوٗر۔ تیتھہ کھوٗر زِہ اُکس راٚنس تے پننہٕ زنانہ بُرقہ دِتھ برو نُنھی
کِنہٕ نیرٕ، شہ ہیکہِ نہ تس پیٚژن ناوِتھ۔

ٹانگی برونہہ کنہِ اُسی ٹانگہ پنیٚنُس پیٹھ گھنٹی وتی۔ کیٚنہہ اُسی سوارٕ
بران ترٕ نیران۔ کیٚنہہ اُسی سوارہِ انان ترٕ ٹھہران۔ شیلن ہوو اکس
ٹانگس اتھہ سیتی اشارٕہ۔ یُس اوٚک پلسے ٹھہرِتھ زنتہ یہِ نی پران
اوس۔ ٹانگہ اوس نہ ہیرٕ نہ مُرود ترٕ گرُ قزاک تیز پیوٗ۔ ہرگاہ اُمس گرِس
چھانٕہ ہادسے پوت پیہ ہے آدہ چھا مجال سہ سپدِ ہے قوٗلو۔

نہر دیادک چھہ ڈلی چہ لچہ پیٹھ مغل باغن پتہ ساٗکہِ متین ہندہ

کھاٗترٕ اکھ نوٗجلاے بنٕنے مژٕ۔ یہ چھہ پانژٕہ بجہ پیٹھٕ راٗتھ ہنزن دٔہن
گھنٹن تام لگان۔ مگر امہ وزٕ اوس وُنہ پانژن تام اکھ گھنٹہ باقی۔
امہ کنہٕ اوس اتھ کانہہ کانہہ اِنسانہٕ نظرِ گژھان۔ شیٖلہ تہٕ زبیدہ
آسہ ٹانگس پیٹھ مزس اندر فلمہ مُتلق پننہٕ پننہٕ رایہ ظاہر کران۔ یمہ آسہ
دۄ نوٚوے اکٕے کتھ وَنان مگر وننُک انداز اوس دۄنوٚنی ہُند الگ،
یمہ کنہٕ باسان اوس زِ دارِیاہن چیزن پیٹھ چھہ یمہ پانہٕ واٗنی یخالاف
کران۔

نہرو پارک اوس وُنہ جمِیہ جو راہ دوٗر۔ ڈَل چھہ ہوا رنگہ آسہ واو
کرِتھ کرِتھ وِلس شہلتھ پاوان۔ گرٕ اوس پننِس مزس منز پکان تہٕ تلہ
سٹر کرِ پیٹھ اوس اُہندِس بڈرن ہنزہ ٹھسرایہِ سیٖتی سوٗ نطور ہیوٗ
وزان۔ اُتھو اندر دِتھ ٹانگہ واٗلی ہنگہ تہٕ منگہ گرِس چھانٹیٖ زیر۔ گرٕ
کھیوٗ یکبار تاو۔ اُمی دُٹی دۄ نوٚوے کن تہٕ کھونگھن نیبر کڈِتھ گو
پادر سپہہ سندی پاٹھی نیرتھ۔ شیٖلن تہٕ کھیوٗ تراس تہٕ زبیدنی اوس
نہ کینہی۔ تس گیہ برقہ اندری عرقہ ژھٹ نیرتھ۔ یوٚہ کرٕ اکِہ اَتھہ
ٹانگس تہٕ بییہ اتھہ پانہ واٗنی کوم۔ ٹانگہ وول یوٗتاہ راسہ پانس
کن کھچان اوس، تیوٗتاہ اوس گرٕ زیادٕے تیزان۔ زبیدس تہٕ چھہ
نہرو پارکہ سیٖدٕ بنٕے دایہ کرِتھ جو راہ نیرتھ۔ مگر شیٖلن دِتس سوال
زہ شو کھن تہٕ چھہ مرنہ مَرنٕے سیٖتی چھا دۄنی رُسوا تہٕ گژھن۔ ٹانگہ
وول اوسک گرِس قوبو کران کران پننہٕ کنہٕ دِل تسلا دِوان زہ

تہٕ مہ گابرٕو، یہ ہمہ وُنی پلنے۔ یہِتھے غلطی رٕژھا گیمہ چھانٹہ ہوو مس۔

اوبیرائے پیلس ہوٹل، یُس سانہِ آذا دی لیتنے ازبرو نہہ ؤہ وٕری یتہِ کِس سلاہ سُند شاہی محل اوس تہِ یتھ منز بوزنہ کنہ سہ ننگہ ناچک لُطف اوس تُلان، اوس یُہے گز ؤنہ مرہ دور زہِ خدایہ خدایہ کران رُکیوو گرہ۔ یمو ژھنز یہ ڈیپ زہِ تہِ ٹانگہ پیٹھہ یون ووتھ تہِ ڈل دیہس پیٹھہ بہیتھ لجہ وُسواسی شبھلاونہِ۔ گرہ اوس کھان تہِ ٹانگہ وول اوسُس گردنہِ مٹھہ مدارہ کرِتھ چھانٹہ ہا دنس پیٹھ مافی منگان۔

ڈورِہ آیہ پار کرہ ہندہِ طرفہ تیز رفتاری سان اکھ موٹرکار تہِ یمن نِشہ وائتھ دِژن تمہِ پاٹھی کھڑک کرِتھ بریک زہِ اوبیرائے پیلس ہوٹلس اندر آسہن پیالن اندر چھپہ وزنہِ لگہ ہتی۔ موٹرہ منزہ دژاو ڈرییور تہِ پتھ برونہہ وُچھنہ رُندستے لوگ ٹانگہ والس لبکہ ترارنہِ۔ امہ سُند بُتھ اوس شرارتہِ سیتی ووزلیومُت باسان۔

"آہانوُ ژہ بیلہ گرِہ منز خبرا سی، چھانٹہ کیازہ ہوو کھس— ژہ کمہ یتھ گندان گِندان زہِ خون۔ اصلی ہا چھوہ تہُ ٹانگہ وائلی سورہ منزہ اڈجہ پیٹھ پادہ گامتی!"

"امہ ہسہ ژھنیا یہ آسوہ صاف پاٹھی مارِتھ۔" شیلہ وُژھ ڈرییورس کُن۔ تمہِ اوس ووہ نی سورُسے پھر بک ترٛووُمُت۔ "پیٹھہ اوس

ونان تہٕ مہ گابرو۔ وُچھتہ دوہٕ نی کوتاہ دُور واتہ ناوین!"

"میہٕ کتہِ بی لگہِ ہے خبر۔" ڈریور لوگ شیلس بوزہ ناوٕنہِ۔

"کمہِ تام دِژ پارکہِ منزٕ کرٕ یکھ زِ ہے ہُتھ ٹانگس گو گرٕ نیرِتھ۔ کانٹھا بچاؤی تون۔" ڈریورن بدلوو لہجہ — "ڈلو بی کھُسو موٹرس

بہٕ نمووہِ پارکہ تام واپس۔ مگر ٹیس نرہ ہُرس ینہ ڈبل پونسہ تر دیو۔"

زبیدن کرٕ یاو موٹرس کھسنس ہراسہ، مگر شیلن رٕنیہ یہ ڈُبہِ زِ

تہِ زورہٕ تھف ژھنتھ تہِ دوٗنس۔ "اتھ منز کیہہ گوناہ چھُ۔ یہٕ

بچور تہِ سانی ہمدردی موکھ ونان۔"

ڈریورن مُژرود ئیتہِ مہٕ سیٹک دروازہ تہٕ ییہ بیچھہِ اندر۔ ٹانگہ والہِ کرٕ نہٕ کرایہ پونسن ہنز اُڈ کتھ تہٕ۔ چھرا! چیس گونژھہِ تہٕلی اُڈ اُنٹھا کنن کُن یِراژہ تہٕ امی حسابہ ڈراس بمُن تہِ داش۔ مگر سیتی

سیدُس بُتھ سنجیدہ تہٕ اُچھن اندر آس اُوش ہیوٗ۔

موٹر سیٖد پیٹھ تہٕ نہرو پارکہِ کُن واپس موڑ ژٹنہٕ بدلہ گوٚ ژتجہ میل رفتارہ سان ہُتھہِ سیوٗ ڈُے موغل باغن کُن نیرِتھ۔ زبیدس گوٚ ئیتم شہہ ہیتھ تہِ بڑٕ ونٹھہِ برونٹھ۔ تمہِ ژھنی شیلہ نس اتھس تھف مگر تمہِ اندر نہٕ وُچھنی کانہہ خوٚفچ حرکتھ تہٕ نہٕ کانہہ حادٕ آنی

ہُند ٹھہراو۔ تمہِ تُل ہُتھہِ پیٹھہِ برُ قہ تھوٚد تہِ شیلس کُن تراوٕنی سوہ نظر زَنتہ دوٗنس۔ "تھوٚ، یہِ کوٚرتھہِ سوزے ژیو۔" شیلس نمے اُچھ تہٕ بُتھس گیس تمہٕ تاو۔

موٹر ژاو اَکِس کوچہ اندر تہٕ ژکیوو۔ ڈریوَرن مژرووو دروازٕ
تہٕ وُٹھ گمٕ ناوِتھ وٕنھک ـــ "تہُ مہ سہ برٕو فکر۔ بہٕ واتہ ناوو
مِنٹن منز بیٚیہ گرٕ واپس۔"
انسان ییٚلہ بےبس چھہ سپدان، سہٕ چھُ اَدہ دُشمنس نِشہ تہٕ اَتھہ
رٹِیک توقع کران۔ زبیدن تہٕ کرٕ کمہِ تام عاجزی برٕی تہٕ اندازہ شیٚکِس
پھیٚکِس بھقف تہٕ لمان لُسان ژاپہِ کوچہ منز۔
ڈریوَرن بیٚہہ ناوِہ یمہِ بیٹھکہِ اندر صوفن پیٹھ تہٕ پانہ گوٚ اندر مِس
اَکِس کمرس کُن یُس بیٹھکہِ ہندِہ دروازہ منزٕ صاف پاٹھو نظرِہ
اوس یوان۔ کوچہ ہندین کمرن ہنزٕ حالت اوس ونان زِ اتہٕ کانہہ بسان
کران چھنہ۔ وَل گو کمہٕ تام چھہٕ وُنی وُنی اتہٕ قلف مژرووومُت۔
زبیدن تُل برقہ تھوٚد تہٕ نفرژ برژد چشمو گنڈن شیٚکس کُن مُدرے
اُمِس ژُج اُشہ دَدرایہِ نیرِتھ تہٕ وُٹھن بیٹھس کرٕ ہنو کال ہِش
نام!
"یہِ کہندی کھاٹرہ کوٚرتھ۔ کینہہ نہٕ۔ یتہ پہَن نہ اُنی مکھ۔ اصلی
ھیک نہٕ زنانہ ذات۔" زبیدس اوس مُحرکہٕ وُتھ مِتس بمارہ ہندی
پاٹھو زلوِہ لوکھُر گومُت تہٕ سرِ ہہ تام اوسُس خوشِک سپدمُت۔
"زبیدہ، میٚہ دِزِہ معافی۔ بہٕ سپزس یہِ کرنس پیٹھ سیٹھاہ مجبور۔
میٚہ ٹھیک پانس رٹتھ برونہہ یتھے ہیوٚ اکھ ژھل کوٚرمُت۔ اکھ
ژودُم ستر اُژ ہُند لوکچارہ پانہ پیٹھ للہِ نومُت خاب، بیٚیہ ژودُم

بیٚیہٕ کانہہ ڈالۍ پیش کرِنۍ باقی۔ سہ ڈالۍ اُنۍ کمہِ تٕرٕ۔ ماژہانے ...."
شیلکس آو اوٚش دَدرایہِ وُسِتھ تہ ہوٚٹ گو بوس تیوٗت زِہ اتہٕ اودُن ہیٚچِس نٕ کنھہ تہٕ پھُورِتھ۔

نیٚبرِ کِنۍ گو پکنگ ٹھس تہ یِوٕ وہ بھرِوٕ چل چل اوٚش۔ اودہ ژاو ڈرٕیور منٛٹھایہ پلیٹا ہیتھ تہ سُہ ھوٗن شیلکس برٛونٛہہ کنہٕ۔ کلہٕ سیٚتہٕ ہووُنس کیاہ تام اشارہ تہ دژاو واپس۔ شیلکن کوٚر زبیدس کلہٕ سیٚتہٕ اُندرِمس کمرس کُن گژھنُک اشارہ۔ سہ لیٚڈرٕ ی تہ وُچھس میٚوٗتنس شیٚچ واو گژھن۔ شیلکس کُن پیٚتھ نفرژ برٛژ نظر تراوِتھ وُژھہ ییہِ ٹھوٚد تہٕ پھیٚٹ میتیو کوہ ٹھبو گیہٕ اتھہ کمرس کُن۔

اوٚڈ گھنٹہٕ زیادَے یہَن وقت گُژھِت ژاو حاکم رُوییہٕ تہ نواب خویہٕ اکھ گیٚٹاۓ مُ انسان بیٹھکہِ اندر۔ اُمی تراوٕ دروازہ اتہٕ وُسنے شیلکس کُن اکھ عجیب نظر تہ سیٚتی ژٕ وُس اسن کھنگالہٕ نیرِتھ۔ شیلکہ گیہٕ نہٕ تیوٗت اسُند یہِ اندازہ وُچھِت ہیٚے بُنگہ یوٗت زبیدُن اطمینانہٕ پوٚرِت انہار دِلشتھ پیٚز۔ یوسہ امیہِ درٕژہ دروازس نیٚبرہ کِنہٕ عربی بُرقعہِ ژھٹ بیندٕ اس کران تہ شیلکس آس گرہ تیرنُک اِشارہ دِوان۔

یِہ کھوٚژہ بیٚیہِ موٹرس تہ درایہِ گرہ واپس۔ وتہِ کُرُنہٕ یِمَوٕ اکھ اَکِس سیٚتی اَڈ کتھ تہٕ۔ ظاہر اوس نہ دوٚن منز اَکِس تہِ کتھ کرُنُک ہمتھ سمان۔ مگر نیلہِ شہر واتیتھ یِمہ موٹرہ منزہ وَژھہ تہ بُنُن بُنُن گرہ کُن

لجہ نیر نرِ، شیلن کوٚر کیاہ تام جُور رٕتھی ہیوٗ تہ ندامتہ سان وُٹھ زبیدس
کُن — "میٚہ ہے دِزِہ مٲفی۔ ژٕ یٚ دُچھُت ووٚنی میٚہ کہٕندِہ کھأترہ پیوٚ
یِہ کرُن۔ بہٕ أسس اَتھ منز سیٹھاہ بےٚبس تہ مجبوٗر۔"

"چأنی مجبوٗری چھ برحق۔" زُبیدہ سپز سنجیدہ تہ ووٚننس — "وٕ کل
گو ژٕ یٚ تہِ اَمِس کانہہ نوٗ ڈألی گذأرتھ نہٕ۔ بہٕ چھس اُمی مارہ داتلن
ژٕ یٚ بروٚہہ نہٕ نہ اَلہِ لأجبر۔ میٚہ گیاو بیٚپر بٹ کُنہ نوٗسِ تا دِنس مالِجِس!"

---

# پُینڈُرن

(۱۹۵۴ء)

"بدماش، بے حیا۔ گرٕہ ہے بیٚنہِ جورا چھے تہٕ نِی کرٕی زِ ہے کھٹھ"
رحت گیہٕ ہارِٕ ہِش سُلہ گورنِس نیٚچوِس اگادِہ۔ کتھ تام وُلٹھ وُرییہ
کھٹھس پیٹھ۔ یمن بروہہ بروہہ یم زٕہ ژور گرٕیسی یکان اُسی، تِم
پھیرِ واپس۔ رٔحتہِ کوٚرُکھ مٹھ مدارہ تہٕ سُلہ گورنِس نیٚچوِس ژُھنِکھ
ہتھو کرِ پونٔشہِ۔ خبر چھا اٰسی ابسی پأزارہ تہٕ ما والِہِ ہنس، ہرگاہ نہٕ تمن
دیوان صأبس استقبال کرنِچ لارٕ آسہِ ہے۔

رٔحتہِ اوس کھاندرہ پتہٕ یہ گوڈنیُک کھٹھ۔ یہ اُس لُہ کچارہ پلیٹھ
امہِ رنگہٕ گأمی گامس منز بُتھی تکہٕ گنٹرہ اونہٕ لیوان۔ اُمِس کھٹھ کرُن گیاد
نارہٕ کانگرِہ اتھہٕ ژھنُن۔ یہ اُس سیٹھاہ جان خبر تہٕ تریشن اکھاہ اُس
وُچھان اوس، تس اُس لأزمن دأنِج ووٹھ کڈان۔ مگر یُسے کوٗشش
اوس کران سُے اوس پأزارہ کھبتھ ناکام گژھان۔ پأزارہ کھبنہ داٗلی
اُسو یزگار سیدان تہٕ اُمِس اُس گامہ نِژھن تہٕ نِژھن اندر قدر ہران۔

دیوان صاب اوس امہ دوہ گوڈنچہ لٹہ اتھ گامس اندر ینس ٹالی میر اُنس نظر گُذر وینہ آمُت۔ یہ اوس اکس تھدِس گرِس پیٹھ سوار، یس گردنہ پیٹھہ دُمبچہ تام زِینہ سازس تل اکھ زری شادر اوس ترأوتھ۔ گرِیسو اُسو اُمِس سلام کران۔ ژُمہ زَنِیشِن آسے وندان ترِ پزہ اپزہ بُتھِن پیٹھ خوشی ہُند رنگ اَنیچ کوشش کران۔ شلہ گورِین نیچو اوس نہ تیوُت دیوان صابس سنیو مُت یُت تمس رحتہ ہنز یہ ییز تی آمہ تیلکو پاٹھو اُس تیلان۔ سہ اوس رحتہ تلی ٹارہ ژرژان تہ پأنی پانس سیتی سونچان زِہ اَدہ سہ وُری چھُہ ترِیہ ہتھ تہ شیٹھ دوہ۔

دیوان صاب اوس اوبرہ گوبرہ سانی پرہتھ کاشکارس سلامہ جواب دِوان۔ یہ اوس پرہتھ مردس کیھو زنانہ پوُرہ پاٹھو سام ہِوان۔ کاشکار ترأسو اُمس کلہ پیٹھہ نلس تام جایزہ ہیوان تہ اُہندِہ خوے خصلتُک اندازہ کران۔ رحمت تہ تسنز بُڈہ موج ترآسہ ینہ پتنچہ پیہ نہ ہنٗد اُہندِس بُتھِس پیٹھ فأصلہ ژھاران۔ تمہ آسہ پرنِس منز ہتھ گنہ کھسان تہ ہتھ گنہ وسان۔

دیوان صاب اوس نہ اوت تام زانہہ ترینین چکن چھیو رمُت۔ امِیک وجہ اوس نہ یہ زِہ یم اُسی شہرس اندر بسان۔ بلکہ یہ کأم اوس اُہنُد مول کران یس لوڈ دیوان صاب اُسی وَنان۔ یہ اوس پانہ لوکٹ دیوان صاب تہ کیتھہ تام کالجس منز تألیم پران۔ دوہ نی بیٹھہ اُہنُد مول ہالہ گِندان کیتھہ تام پاٹھو زنگہ نشہ گو۔ اُمس لوگ نہ تألیم

ترأوِتھ، پننبن چکن وانس چارہ۔

(۴)

رَحتہِ اوس یُتھِم ہَرُدکھلس کرِتھ مول گذریومُت۔ پانس زِیٹھ
بوے اوسُس مأرِس بر دنٹھی پیچابہ چہ مِیٹرہ بُزی گومُت، یوٗت سُہ
باقی گریستبن ہندی پأٹھو وَندہ کین پانزان رٕبتنَ مزوٗری محنت کرنہٕ
اوس گژھان۔ ژحت تہ اُہنز موج اُس اُمی بناوَتن ہیقر پأو مژ۔
یمن نہ اوس پننُ زمین تہ نہٕ زراعت۔ یم تہٕ اُسی باقی گریستبن ہندی
پأٹھو دیوان صابنز کاشکار۔ بیٖیٹھہٕ ہر گاہ باقی کاشکارن پان چھپنہ
کھأترہ پننہٕ ہیٖنجہ پرٕنہٕ آسہ، یمہ آسہ تیأری تہٕ وانگجی!
رَحتہِ ہندی مأل سیٹھے اُچھ وچھ، اُہنزہ ماجرِ بُگھچ فکر۔ یمن
سِیہِ سرن ہندہ اوذِیچ سبیل اُس اکھے۔ سہ گیہٕ چکدارسُند زمین
اَدہ تھگہ سیٹے بوٗوان اوس تہٕ تیتے۔ دونٕی ییٚلہٕ نہٕ قودرتن لاگنہ کرہ
دُنٕی تھاوِکَ، یہ زمین کِتھہ پأٹھو ہیکہٕ ہن یمہ ماجہ کورہ سأمِتھ۔ یمہ
زن پژھن تہ، چک دار ماہیکہٕ پننُ یہ زمینہٕ ٹکرہ ہنگہ تہ منگہ بیوٗٹھ
تھأوِتھ۔ بیٖیٹھہٕ ہر گاہ چک دارن بنیٖس کأنسہ کاشکارس یُہند یہ
زمین لاگن دِیُت، یمن چھےٕ لامحالہ ییٖنجہ پرٕنہٕ نٕشہ تہ اَتھ چھکُن—
چک دار مادیہ یمن مُفتس منز لسنہ بسنہٕ گژھ جایہ کھوبہ۔ رَحتہِ تہٕ
تِسنزہ ماجہ آسہ یمہ سارِے کتھہ بڈ دنٹھہ کنہِ تہ ہمتن آسہ اکِہ رنگہ بیاکھ
رنگ کران۔ ییٖتھہ کنہِ اوس تہُند یہ زمین نٕبے بوٗن مگر ہمتن نٕشہ اوس

یہِ سونہٕ کانہٕ ترٕ تھوٗدُے۔

رحتہٕ ہنزٕہ ماجہ آو یہِ زمین تہٕ پیٚنڈ پرٕن بچاونک اکھ طریقہ بوزنہٕ۔

سُہ گو یہِ زِہ تس پزِہ رحتہٕ گرِہ پیٚنٹھ انُن۔ اگرچہ یہِ کرِتھ ترٕ اُس پتو

لاکن کیتھ چکدارس پیٚٹھی واتان۔ ترٕ کیازِہ تمیُ اوس یہِ زمین اُہندِس

خاوندس لاگنُ دِیتمُت۔ تُس پتہٕ گژھِہ وونی اُہندِس زامترس لاگنک

اجازت دِیُن۔ رحتہٕ ہنٕز موج اُس اتھ یِی سونچان زِہ گوڈہ گژھ

گرس اندر لاگنک کرِہ وٗن انسان آسُن۔ پتہٕ گو آدہ چکدارس پوٗز

کٲبہ ترٕ اُتھ اجازت ہیٚون۔ تمہٕ دِیت دچھُن کھوور سیٹھاہ وٚون

مگر قادر دولس ورآے آس نہٕ بیٚنیہ کانہہ ترٕ دزینٹھی۔ قادر دولہ

اوس پنٕنس ماٗلس ژون نیچون منز کینٛسہ کٕٹھ۔ تس اُس اوٚت

گرِہ زامترٕ پیٚتھ خدا اے یارہی سپدان۔ اکھ اوسُس زمین لاگن

تران، بیٚنیہ اُسس رحتہٕ ہِش مس ہلہٕ زنانہٕ بنان۔

رحتہٕ بیٚلہٕ بوٗز زِہ تس چھہ قادر دولس سیتی نیتھر کرُن، تس

گو وانٛجہ ژس۔ مگر ویترٕ اونس اوسُس نہٕ چارہ۔ تس ترٕ اوس یانس

وونی تیتھ حسرت زِہ چکدار گوژھس ماٗلی سُند یہِ زمین خاوندس

لاگنُ تھاوُن۔ تتہٕ چھس زمینس سیتی پیٚنڈ پرُن ترٕ تراونی۔ بو چھہ

مرُن تہٕ رُودِہ اُدرُن!

گامس اندر یمُ یہِ کتھ بوٗز زِہ رحتہٕ سپدِہ قادر دولس سیتی نیتھر

تمُ دِژ کنہٕ رِکھ زِہ اتھ کتھِ آسہٕ گُپھی ژھپن۔ سو کریا قادر دولس

ہوس یے شورس تہ ہف چانس ہیتو بستی۔ لوکھ گیا یہ اُسو ہتی، اُہنزِ ماجہ تہِ اُمس نال زِہ یہِ دانٹھ گژھ دوسہِ کھسہِ نی۔ مگر رحتہِ ییلہِ زبرہ پاٹھی خاوندس ہال بوز ساری گیہِ حائرانہ۔ رحتہِ ہنزِہ ماجہ پوز شکرانہ زِہ کورِہ تھاوِم للج۔ نتہ اُسِم عمرِہ ہنز یہِ پھینڈ پرن تراوِنی۔

(۳)

گامس اندر واتنہ پتہ دہن[۱] بہر[۲] دوہی ہیوت دیوان صابن کاشتہِ بدلی ہند تلاش تھُن۔ یہِ زن ہر کانہہ چکدار وُہری دوہ یہِ وُہری کراں چھہ روزان۔ امہِ سیتی چھُنہ کاشکارس کُنہِ زمینہ ٹکرس مُستقل کاشت گژھان۔ مُستقل کاشتہ سیتی چھُہ کاشکار زمینک نصف مالک بنان۔ بییہ چھُہ کاشتہ بدلی سیتی چکدارس اُکس زمین نِتھ بییس دِنس منز رُشوت رٹنک تہِ موقہ میلان۔ ییلہِ چکدارِ پسندو معتبرن امہِ کاشتہ بدلی ہند اطلاع گریستین دِیت، گامی گامس سیز دُہ ژھیوے۔ ساری لوکھ، زنانہ کیہو مرد، گیہِ معتبر پسندس مکانس یہ ونٹھہ کنہِ ویرہ وارس منز جمع۔ پربتھ کانسہِ ہُندِس بتھِس اُسی دُمینک تہ خوفک جذبات یکجا دوتلیتھ ژھا یہِ گیتہ کران۔ شلہ گورِین نیچو تام ادس ہالس سیتر اُکس ویرہِ تل کوکر پوتس سمب موژوِمت۔ حالانکہ تس اُسو نہ فلک تہ فکرِہ کھان۔

دیوان صاب اوس معتبر سندس مکانس منز دارہ پیٹھ کِساہ
سان بِہتھ۔ کاغذ، قلم اوسُس بر ونٹھ کنہِ۔ یمہِ بیتھ سہ یہندس
نصیبس ادلہ بدل اوس کران۔ بُتھہِ سیوّد لبہ پیٹھ آسس "لکشمی
دیوی" ہنز رنگ دار تصویر جافری مالہ ترٲوِتھ اَویزان۔ دارِہ
بوٗنہ کنہِ وِیرہ وارس منز اوس معتبر دیوان صاٲبنز روبداد تہ نرم
آدانہ گریستین تام زورہ زورہ واتہ ناوان۔ یہ معتبر اوس جاگیرُک
فصل، اَدہ سہ یہ کینژہاہ آسہِ ہے، چکدارس تام واتہ ناوان۔
گریستیو ہیوّت نوہ کاشتہ بدلی ہُند فاصلہ بوزُن۔ اکھ ووشلیوو
تہ بیاکھ زرد لو۔ عمہ بیارِیُن تہ سُلہ گورِیُن زمین اوس ساٲری سی
گامس منز سرٕ مانہ یوان۔ سہ توّر قادر دولس تہ موہ مہ پڈرس۔
یہُند وُسی زمین توّند تُہمن دون لاگن۔ عمہ بیاٲرس تہ سُلہ گورس
پھیوٗر یہ بوٗزِتھ موتن۔ مگر زیوٗہ پیٹھ ہیوٗ گُھ نہ اَزنتھ سُلہ گورِ
نِس ینچِیس ووژھاہ ہیکہ، اگر اَلہ دِتُس نہ اُس مُژ دادِنہ ــــ
تمہِ ووٗنس نِہ اَکانو زمین چھہ چکدارہ سُند۔ یِس خوش گژھِس
تس دِیہ لاگن۔ اتھ منز کیاہ کرِہ سون جہل۔ وونی زن وَنہو کینہہ
سہ گو امہِ وُستھ زمینہ نِشہ تہِ اَتھ چھلن۔ بلکہ پننہِ پٔنژہ پرِنہ تہ نار
دِین۔ تہ کیازِہ دیوان صاٲبس چھہ مہراج صاٲبس تام رسٲیی تہ رسوخ
اَسنزہ ژینجرُس ہیکہِ ووتلِتھ!
مردن ہستہ ہستہ آسہ زنانہ تہ پانہ واٲنی سُسرہ گسرہ کران۔

یہنز دور اُس دستگیرس رحؒ تام، یُس زن یِہ اتھ کاشتہ بدلی پیٹھ اُنزری
منگِہ منگ آسہ کران ۔ عمہ بیارِ نوش تہ سُلہ گورِنی زنانہ آسہ پنُن
مایہ دار زمین اتھ منزٕ نیرنس پیٹھ اتھ مُوران ۔ یمن اوس دیوان صاٮ۪بُن
مول یاد پیومُت، یُس تہنزن نظرن منز اُمِس مقابلہ انسان اوس ۔
یِہ آسہ دستگیرس رحؒ منگان زِ یہ گوٗرٕ اَڈہ ژوٗٹ گرٕھن تہ اسُند
آسے گوٗرٕ بیٚنہ اسندِس ناٮ۪لِس ہیٚرن ۔ یِہ آسہ رحتہ تہ موٗمہ پڈرنہ
بیٚنہِ خلجہ کُن نِس لٮ۪دہ لٮ۪دہ وُچھان ۔ رحتہ ہنز موج اُمِس نہ خدایس
شُکرانس پوشان ۔ یُس اُس نہ پَژھ یوان زِ دیوان صاٮ۪بس آوا
یُنہ یاٮ۪ٹھی تسندِ زارہ پارٕک یُوت عار زِ نہ صرف تھوٗوُن تسندِس
زامترِس زمین لاگُن بلکہ دِتیُنس گامُک بہترین مایہ دار زمین لاگُن ۔
عمہ بیور تہ سُلہ گوٗر اُسی معتبرس کُن اُچھوٕ سٟتی سوال دِوان ۔ مگر سُہ
اوسکھ تورہ پننہِ لاچاری ہُندی اشارہ ہاوان ۔ قادر دولہ تہ موٗمہ پڈرٕ
اُسی نہ کُنہِ رٕوٹان ۔ تمہ اُسی پننہِ پننہِ شایہ سونچان زِ عمہ بیارٕی تہ
سُلہ گوٗرٕی اوس نوشہِ تہ زنانہ ہنزٕ پوٗٹرٕ پیٹھ بیہ اُنس دیوان صاٮ۪بس
نِشہ یِہ اصل زمین دِوٗمُت ۔ مگر آخر چھُہ خدا آسے وُچھان ۔ سُہ چھُہ ہمی
گو زنگِہ نِشہ ترِیم واتی بیٚنہ سٟتی بوٗن زمین لاگنس پیٹھ ۔

کاشتہ بدلی ہُند فاصلہ موکلیو ۔ ساٮ۪ری گرٕیسی درایہ ویرٕ
وارہ منزٕ گام کُن ۔ یِم اُسی اَتھ ساری سٟتی ادلا بدلی پیٹھ تبصرٕہ کران
کینہہ اُسی دیان زِ عمہ بیور تہ سُلہ گوٗر چھِہ جفاکش ۔ گرن منز

ژھکھ ژور ژور زُنی لاگنئے کرہ وُنی موجوُد۔ یہ ہیتہٕ ہھیوِر قادر دولہ یامومہ پڈرُ کیاہ ہیکہِ اتھ زمینس وأتِھ۔ یہ گوفصلہٕ وول زمین لاگنئے دادِہ تباہ کرہ ناوُن۔ توہ ہیتہٕ ژھُنہ فِکرہ تران زِہ یہ زمین کتھ کنہِ توٗر بیمِ۔ دیہو چکدارس ما آسیکھ کینٛہہ پلہ نوومُت، تہٕ ژُھکھ نہ شب درشاندٕ ترکنہِ۔ سٹہ گورُین نیچوٗ اوس اتھ کتِھ پیٹھ اَکہ وسی اَکہ وسی وٕنان زِہ ہیو امیٖک وجہ کیاہ با ژھیوٗرِہ رحمت تہ خطیج۔ مگر کانٛہہ اکھاہ اوُسس نہ پرٛیھہ کران۔ تِم اُسِس تورہ وٕنان زِہ موٗمہ پڈرُ بیٛنہِ خطیجہ ہُند وٕنہوَ زِہ کتھ ما آسہِ، مگر رحمتہٕ ہُند ژھُنہ سوالِی پاُدہ سپدان۔ یاگو اَسہِ ژھینہِ لوکچارہ پیٹھہ از تام اُہنز خبر!

(۱۴)

دیوان صاحب اوس مالی سِندی پاُٹھی رٛیتہ پژھ اور دیوان تہ کینٛژن دوہن اتہ رُوزِتھ بیٛیہ واپس شہر گژھان۔ وقت گو گُذران۔ ہر دُکھ دوہ وأتی۔ تِم تہٕ موکلیہٕ۔ وٕندہ ژاد تہٕ اُتھی سنتی آو کشیرِہ پیٹھ قبائلی خشاپہٕ یتیک سوٗرُئے نظام بدلیوو۔ اِنسان بدلیو۔ اِنسانن ہُندی ذِہن بدلییہٕ۔ بدلی جوش تہ بدلی نظر ہیٛژن پاُدہ سپدِنی۔

دیوان صاحب ہیٛوک نہ دوین ؤریَن اور کینٛہہ تہ ییتھ۔ تہ کیاز ِہ تہِند گُمت اوس زِہ یٛیلہِ اِنسانو ژو پاٗرہہ منٛتی آب آسہِ چیومُت، بڈ دانأیی چھہ یرہ نیٛبر نہ قدم کڈُن۔ دوین ؤریَن ہُندِس اتھ دورانس اندر آو چکدارن ہُند زمین کاشکارن اندر تقسیم کرنہ۔ اگرچہ تِمن

تہٕ آدٕ کم قلیل زمین گُذارہ کھاطرٕ تھاوٕنہٕ، یُس تمو پننہِ مرضی موجوب
ہر کُنہِ جاے پانسے رٔوٹ۔ دیوان صاٲبس اوس باقی چکدارن ہُندی
پاٹھو اصل تہٕ مایہ دار زمین رٔٹِتھ پننہِ گُذارُک حصہ پورٕ کوٚرمُت۔ اوہ
کینٛز اوس قادرٕ دولہ تہٕ موٚمہ بڈُر وُنہٕ تہٕ اُہندی کاشتکار روزان۔ اگرچہ
وہ نی اوس یمن صرف ژوٗریُم حصہ فصل اُمِس کُن ادا کرُن۔ بییہ
اوسُک نہٕ قونونہٕ موجوب یہ پھیرپھٹ رُودمُت زِ دیوان صاٲب کیاہ
ہیکہِ یہ اُنی پاٹھو کاشتہٕ بدلی کرِتھ، تہُند زمین بییہ کانسہ لاگُن
دِتھ۔

ہر دُر وہ ییتھے واتی، دیوان صاٲب ییو یمن دوِن گرن نِشہ
فصلُک پنُن حصہ وصول کرنہٕ خاطرٕ گامس اندر واتِتھ۔ اُمِس نہٕ
اوس وہ نی کانہہ سلامی کران تہٕ نہٕ اوسُس رُمہ رٔشتُن آیی وندان۔
یہ اوس خجُل زد ہیوٗ پانی پانس ستی مَنزِ چھ مَنزِ چھ قدم تُلان۔ راتھ
تام یُس زمین اُہندین ستن پیرِن ہُند اوس، تتھ کُن اوس نہٕ اُمِس
وہ نی وُچھنُک تہِ یختیار رُودمُت۔ اُمِس اُسی واُنجہ شلاخ گژھان
تہٕ جگرس کباب سپدان۔

رحمت اُس خاوندس کیتھ بتہٕ اننہِ گرہ کُن گژھان نہِ تُس گو
دیوان صاٲب نظرِ۔ یُس موٚمہ بڈُرنس کھلس کُن اوس پکان۔ دیوان
صاٲبس تہِ پییہ اُمِس کُن نظر۔ رحمتہِ اوس برونٛٹھِمہ کھوتہٕ تہِ زیادے
شانہٕ پنہٕ کوٚڈمُت۔ تمہِ گنٛڈ رژھ اکس اُمِس کُن ڈوری مُدے۔

توہ پتہ ژٕکنے یس بہٕ تہ کٔنی دورنتھ ژٕرج گرہ کُن خاوندس کیُتھ بتہ اننہٕ۔
رٕحتہٕ اوس صُبحہ پیٹھے دادہٕ سیٹھ کلہ پھٹان۔ مگر دوہٕ نی زان نیوکھ
یٕتس فیشن دِتھ۔ تمہٕ دِتی نالکَل بٔرت یلو وِنجہ کُن دأرِتھ تہ پھُٹجہ
اکہٕ منزہ کڈٕ نی مہرٕ پانکٕہ نوی پلو۔ یم ژھُنتھ دوشلی دوشلی نالی۔ مس
تھوُن بانبرٕ سانی شیرتھ تہ ژلہ لارِ درایہ خاوندس کیُتھ بتہ ہیتھ
کھلس کُن۔ یہ اَس تیز تیز پکان۔ گھہے دوشلان تہ گھہے لبدران۔ اَمس
اَسی اکہٕ اکہٕ تمہ دوہ اُچھن تل یوان، یم امہٕ پینڈ پٔرن بچاونہ کھاترہ
دیوان صاٰبس سیٹھہ فنا اَسی کٔڈی متہٕ۔ اَمس پیو سٔرہ وکھ تہ یاد پیٚلہٕ
یہ اکہٕ دوہ دُپہرس باگہٕ دیوان صاٰبس نشہ ژایہ تہ تتہٕ وُچھن خطچ
مس شیران تہ کلہ دُرج گنڈان۔ اَمس پیٚلہٕ خطچہ کُن تہ تس اَمس کُن
نظر پیٚو، یمن آیہ دوہ نی رب زان متھنہ۔ دیوان صاٰبس ژٕول یہ
ڈِلیشتھ ٹھٔہ کرِتھ اسُن نیرِتھ۔ تمہٕ کرٕ اَمس نرِہ تھف تہ وُنس
"تہٕ کیازِ مند چھیٚو وہ اکہ اکس وُچھتھ۔ میٚہ بنایوٕ تہٕ پانہٕ
وأنی وبہ۔"

یمہٕ نی کتھن سنے مژ وأژ رحت کھلس منز۔ مگر دیوان صاٰب گوس
نہ کُنہٕ تہ نظرِ۔ امہٕ کوڈ ڈاکرہ منزہ بتہ بانہ تہ تھوُن قادرہ دولس
برٕ دنتھ کنہٕ۔ قادر دولہ گو حأرانہ زہ امہٕ کتھہ پیٹھ چھُ اَدیگ دل
بوٕرُت پھیران کڈِتھ پانس یہ کھکھاسہ کورمت۔ تمہٕ کوٚرس ناستہٕ تکرپو
دندد اسان ایمان کھٹھٕ۔

" ژیٚ کتھ ییٚھ انہٕ ڈایہِ وُہری مہرِنہٕ پان یاد پیومُت۔ بۄ آسس بُڈان مگر ژِہ چھکھ تژٕھی۔"

رٕحت ووٚشلے ییٚ تہٕ بانہٕ منزٕ ہٕتہٕ لوکھر تُلتھ دِژٕنس یکدم اُسس بۄرت۔

" چھکھ نا بڈیومُت۔ تُل کھیٚیہٕ ہٕتہٕ۔ لوٚ چھِہ چھےٚ لۄ ہمژ۔ "

رٕحتہٕ ہنٛز موج اُس داہس ہرٕن مازان۔ تمہِ وُچھ یہِ قادر دٕدھس بتہ لوکھر آسہان۔ تمہِ ڈاُج نظر۔ قادر دولن ہٕیژاو بییہِ تہٕ کیاہ تام وٕنُن زِہ رٕحت گیہٕ تھوٚد وۄتھِتھ تہٕ ژٕج کھلہ منزٕ نیبر۔ یہِ اُس دیوان صابس کھلہ نیبرٕے سمکھُن لیژھان۔ اُمس آسہ پننہِ پاٹہٕ پیٹھہٕ نارٕ برٕہہ ووٚتھان۔ دِیچ دُبہٕ رادٕرے اُسس رٕژھ کھوتہٕ رٕژھ تیزان۔ یہِ اُس کھلس اکُن پھَن وائژ ہمژی زِہ دیوان صاب پیٚوس بُتھہِ۔ دیوان صابن ییٚلہِ اُدِچ کُل بۄرٕژ رٕحت تژٕھی مہرِنِہ ہش پانس برٛونٹھہٕ کنہِ اِستادہ وُچھ۔ یژھ ڈاے وُری برٛونٹھہٕ تس نِشہ وائژ ہمژ اُس۔ سُہ وٕتھس مذاقہٕ پائٹھی ــــ

" میأنی راجہ رِنی چھا وارٕے ؟ گوا ڈِہ چھےٚ ژیٚ میون سرٕہہ وُنہٕ تہٕ باقی۔"

" بدماش، بے حیا۔ گرِہ چھےٚ نا موج بیٚنہِ، تُسی کرٕی زہے کھٹھہٕ۔" رٕحت گیس ہاپرِہ ہندی پائٹھی اگادِہ۔ دیوان صابس باسیوو زمین پھٹان تہٕ پانس بلنگلان تہٕ رٕحتہٕ ہنز موج اُس اُہندی یم مہرِنی بکوٚ لاگنس پیٹھہٕ کھلس اندر سونچان زِہ تمہِ دوہہ نے قادر دوس ہیتی نیتھر کرٕتھ کوٗر لاج تھاوِہم، یہِ بُلیندٕ ہرٕن کتہِ آسہم نیچے ہمژ! ــــــــــــ

# عشہٕ پھیاَر

(مارچ ۱۹۵۸ء)

عشہٕ پھیاَر بیٚلہِ محلکِ کوچہِ دوچہِ دٕچھنہِ درایہٕ، زنانہ لچہ دارہ بٕرٕ ی اکھ اکس کنۍ لو ترِ سو ترِ یہٕ ژھنہِ — "یہٕ کو ہے ؟"

"خبر ہے ۔ یہٕ ترِ اٚسس تی سونچان ۔"

"یہ گامہ ارجاکی اسا بی بیتھ محلس باقی ۔"

عشہٕ پھیاَر اٚس ہندواَری طرفہ کمہِ تام گارِ ج ۔ کہہِ گٲچ اٚس، تہ اوس نہ تمہِ گاٚنسہ ترِ یہ لو وُمت ۔ نہ اوس ترِ کاٚنسہ محلہ واجنہِ تس نشہٕ کڈتھ ہیوٚکمت ۔ حالانکہ زنانو اٚسس کتھہِ کتھہِ منزٕ ی داریاہ کینہہ زاٚلی دِتی ہتی ۔ اُمس متعلق اٚس یمن یژہی خبر زِ اکہ دوہہ سبحے دٕچھو تموٚ اکھ اَڈوَر گامہ زنانہ تہ اکھ نوجوان محلس منز یاٚدہ گاٚمتی ۔ تہ یم دو نوَے زٕ مقن پاٚگارہی نس حجرس منز اژان نیران ۔

زٕمقن پاٚگارہی اوس بڈ مالنہ کدلہ اپارہ، خدایس کنٕے، اُکس پیچہ حجرس اندر روزان ۔ داریاہ زنانہ ترِ مرد چھہ بیتھ دٕنیاہس اندر نیتھرہ دادہِ

ژوزِتھ گژھان۔ یتہِ اوس تِمن منزہ اَکھ۔ اُمِس ترِ اوس نہ کُنہِ جور یوُمت۔
یہِ اوس رازہ دہر ٹھٹھُل سیوِتھ مُنجہِ کلس پیٹھ تلان تہ" چھولے، تژہ ہا ہو"
ہکھ دی دی پیٹھِن تام نبصفہِ شہرس ژھٹ کڈان۔ رازہ دہر سرۂ گرِ
مولہ ہینہِ کھاترہ اوس یہِ مُنزی اورہ یور گام کُن گژھان۔ مگر اُزی چھِ
لۂ ٹیسیلِ یہِ گامہ آو، یِہ عشقہِ پھیاَر ترِ واَجنی تورَسے نیتھر کرِتھ۔ عشقہِ
پھیاَری اَژِنہِ بلکہ اُمِس سیتی وارہ کارہ ووُمُت پھٹہ نوجوان نیٚچُو تہ۔
اُمِس تہ اسِندِ نیچِوِس متعلق آسہِ زنانہ اَتی یانہ واَنی اَعجب تعجب
کران ـــــ

"دیان ہیٚنے پوچھے اَمِس برد نٹھمِس رنیوشند۔ سہ کھپس موُدمُت"
"اَو موُدمُت ھیٚس۔ یہِ ہیٚنے پچھِ ترِ موکجار دِتھ کڈِتھ ژھنِنہِ"
"خبر سہ کیاہ اوسُس کران۔"
"گیاہ ہیٚے اوسُس کران۔ گرِیستل۔ سہ ترِ لگہ ہُندے زمین لاگن۔"
رمضن یا کاَرزی ژود عشقہِ پھیادِہ شہر اَنتھ رتن تارن زندہ۔ توہ
پتہ گو اکہِ دوہہ ژھان تہ چھاَنی مرِتھ۔ شونگن وقتہ ژیری بہن گورنس
بیڈ دود ترِ راتس چِنگ برنگ۔ دنِتھ شہلیود صبح سنگرمالہ ہوہ لتہ
بڈہ نمٹی پہن۔ دود کیاہ اوسُس، تہ ہیوُک نہ کانسہ ترِ دنِتھ۔ اگرچہ
گینہہ اَمسی ونان نیہ گوژِنہِ وَنتھ چھُس اومُت تہ گینہہ اَمسی ونان نزِ
یہِ اَندرم اَسہ ہاس۔ جمال چھا چہِ ترِ اوس یہِ اَندرم والین ہنزی رایہِ۔
ژیلوز چھُڑی زِہ تس پیوُر۔ تمو ووُن تہ عشقہِ پھیادِہ زہ اصلی

دۆرایکھ گامہ ارچاکۍ۔ اَمِس یٚلہِ یوٗت دود ادٕسَن کوٗرمُت تۄیٚ پٮ۪زہ ہی
ہمسایہِ گرٕی منز اورہ یور آو پلو کرَن۔ مگر عشہِ پھیارہ دوٗنُس:
"میٚہ جوٗ دٔپ نٔتہ آبہ تٔتہ آبہ گژھ ہٮ۪س سہوٗلتھ۔ اوڑہ یوڑ گژھ
پیٚٹھ کرِہ بادتھ۔"

رمضن پاۓ کارِین یہِ پہۄزِہ گو مرَن بانسیوٗ محلہ دالین ہٮ۪یے بےٚ کٮ۪س
مرَن ہیوٗ۔ تِم اسی سوٗنچان زِہ ہرگاہ وقتس پیٚٹھ حکیمہ یلاج واتِہ ہٮ۪س
نبر چھا وُنِہ ما آسہ ہٮ۪ن پرزقہ دانہ باقی۔ چنانچہ محلہ سرٕودِس نٮ۪کس
پیٚٹھ لجہِ زنانہ تہِ اتھ پھیرُ دِنہِ—

"کوٗلل وُنِہ ما کڈِہ ہے کانہہ دوہ۔ اَدہ نبر کتہِ آنہِ پانس شوٗکھس
کرِتھ یہِ ڈاکٕن تلِتھ۔ چاٹھ تہِ کوڈنس نہٕ۔"
"نا ہے تہِ اَمِس کتھ ادس سہٕ خام طمع گوٚمُت۔ نہٕ اَمِس شکل تہ
نہٕ شوٗب۔"

"میٚہ کیاہ بی ہیوٗہ باسان۔ تِمۍ آسہ ہے یہِ اَمِس نچوٗ سندہ باپتھ
کرٕمژ۔ سوٗنچمُت زِہ پگاہ کریم خدمت۔"
"بڈٕ ما لی صاٮ۪نز دِژی کیاہ بی وٗنتھ پوز۔ نتہ اَمِس رٕنٚدٕسہ پتھ
تہِ مرہ ہے نہٕ۔"

عشہ پھیاۓ اَمِس نزٕنٚشس کینہہ تہِ۔ وَن گو مشتو موہ بمرتہ گیشامی
بنتھ اَمس۔ بیٚیہ اوسُس ہیریمۍ دنٚد اکھ ہوٚل تہ نبر ہٮ۪ن دِرہٕ مُت۔
یمہِ کنۍ ہیریم وُڈنستہ سِتی ہیوٗ اوسُس لوٚگمُت۔ اَمِس ادس گامِچ

آسنہ کٕنِہ دندن ناس ترادنگ عاذت تہٕ یِم اٚنِس سبٹھاہ پلید گامتۍ۔
پیٹھہ اوس اُسند یہٕ بیٹھ کانہہ چیز، دِیُٹھ پوٗٹہٕ، عجیب تہٕ اَسہٕ ژٕلن لگان۔
اَدہ سُہ اُسند کلہ دار پٕترٕ لاگو لاگو گرٕ پیٹھ کساب اوس یاگامہ پاٹھو
موچِہ دٕرٕوچہٕ کتھہ۔
رمضن یا گارہ اوسا نیتھرٕ وسأے بیٚنہِ کٕنہِ مطلبہ اٚمِس سیتۍ نِکاح
کوٚرمُت، تہٕ نہ انِہ خدا۔ مگر عشہ پھیأرِہ اوس پانس متعلق کٕس تام زنانہٕ
نِشہٕ نیرِتھ ژٕولمُت زِہ تمِہ اوس محض اٚمی سٕی نٕچوٗرٕ سٕندِہ موکھہٕ یہٕ نیتھر
کوٚرمُت۔ سو اٚمِس یِژھان زِہ یہٕ گوٚژھم کٕنہِ بیرِہ بچہٕ لگُن۔ بیٚنہِ گوٚژھم
اٚمِس کأنِسہ ہُند اَتھہٕ بیٹھہ روزُن۔ پس زنانہٕ نِشہٕ یہٕ کتھ بُوزِتھ اٚسِن
سو اٚمِس ساؤمژ۔ تہٕ کیازِہ اُسند نیچوٗ لینٛہ نابالغ اوس یِہٕ زِہ اٚمِس
اوس اتھہ لایہٕ ہُند ضرورت۔ یہٕ اوس زِیادہ نَے تو تہٕ دُنہٕ دُہر چھہٕ ٹہٕ
جوان۔
رمضن یا کارِہ مزنہ بیتہٕ اٚمِس محلکٕس مجلس سٕے زِہ یہٕ دوہتِھ تہٕ ژٕلِہ
توٚرِہ گام واپس۔ تہٕ کیازِہ شہرس منز چھہٕ ترلِشہٕ دامہ بایتھ تہٕ کھوسہٕ وٹہٕ
کھوڈکھنُن پیوان۔ لسنہٕ بسنہ کھأترہ چھینہ ہارن ٹینکین ہنزگٕنہ بندی۔
مگر یہٕ دٕزایہ امہِ رنگہ بٕڈہ کشِہٕ۔ امہِ ہٕیژ محنت مزوٗری کٕرِتھ دین
گُزارہ کرِنہ۔ یہٕ اٚمِس شُبہہ نِندرِہ دوٗتھان تہٕ تِلہ ساکٕرِ پھیرِہ پھیرِہ
ٹانگہ گٕرِہ لبد جمع کران۔ سو آنگنس اندر ہو کھہ ناوٕن تہٕ زِنہٕ دٕرٕوچہٕ
زالان۔ ادرِہ موکلِتھ اٚمِس چاے دأماہ کاران۔ نیچوِس چاوان تہٕ پانہٕ

تہ چوان - امہِ پتہ اُس لُوکہِ ہنزہ نوہِ یہ اتھِ رمنایہِ وضایہِ آنگنس منز
وگوِی راوس پیٹھ تراوِتھ ترٛوہِ یہ کڈان - یہِ آس اتھ کامہِ منز تیز ووستاد
زہِ محلہِ چہ زنانہ لیجہ یانہ واگنِ پھیرارنے کرنہ -
" دَیان ہے گوڈنیک ژُدن چھس دُون اوسمت - تِسٕ نِشہ چھس
یہ ٹیبہ ہِن لاریمتر - "
" تی آسی - مگر یہ ہتہ بی چھہ اَسنزی وارِنج - بیاکھ زنان کریاہ یہ ! "
" دُویمے ہے - اَمِس چھُنا تتہ گامہ کانہہ تہ - کِنہ تورہ تہ چھِن سارِی
کھیتھ موکلاوِی مِتی ! "
" یِیلہِ تتہ کانہہ آسہِ ہس ، یور واتِہا شہر وَندنی کرتھ - "
عشرِ پھیارِہ اُس نہ یمین پھیرارن ہُنز کانہہ تہ خبر - یہ اُس اتھ
کھور تھُت پننہِ بتہ یاوِہ ہنز صورت کران - یہ نزاہیے نہ محلس اندر کانہہ
ہنزہ برہ اڈُن - اُمس اوس نہ اُس یلہ کینہہ تہ - کم کھیتیہِ ہے یا زیادہ
پننی گرہ کھیتیہِ ہے - البتہ جمال چاچُن اُس اکہِ ببیہِ ضرور اڈان - اوہ
یِیلہِ تمِ کنہِ ورزہ سخ زور کرہ ہنس ، اَتی نیہ ہے چایہ دام اُمس
کُنُ - اُہُندہ اُس نہ یہ اَدہ موکھ اڈان زہِ یم اُسِس برہ ہمسایہِ - یِیلہ
اتِہ ہے تُرہ بٹہ تہ ہدہ ہشرن تہ - تم تہ اُسِس تتھی ہمسایہ - یہ اُس
اورہ چھرا جمال چاچنہ موکھ اڈان -
جمال چاچہ اوس محلہ کین سارِنی مَردن منز اُمِس خوش کران -
تہ جمال چاچس تہ اُس اُمس سیتی ہمدردی گامُژ - تس اوس ترٹھ

حصہٕ رٕیش چھیتومُت تہٕ محلس اندرٕ آسس ساٗری زِیُٹھ گنٛزراوان۔ سُہ
اوس کُنہِ تہٕ معاملس منٛز اُمِس تہٕ اِسندِس نیچُوِس ژٕبتھ رچھان۔ حالانکہ
کارٕ و کِنہِ اوسُس سُہ دوٕن اَچھِن گھران۔ تہٕ کیازِ سُہ اوس پھرآری
تہٕ دربدری۔ لسُس نہٕ اوس پننہِ پانٛگ ہوش تہٕ نہٕ ماجہِ ہُندغم۔ سُہ اوس
صُبحٕ چائے چیتھ گرِہ نیران تہٕ زاآری ییٛنچپن پیٛٹھ تھک کڈان۔ اُمِہ
اوس پیٛنشنس باگہِ کوٚچ کھینہِ گرِہ یوان تہٕ بیٚیہ پوٚت کھوری واپس
گرٛژھان۔ بیتہٕ اوس اَدہ راتھ گُساو نہٕ کھاتہٕ بیٚیہ گرٕکُ بُتھ وُچھان۔
رضایہٕ تہٕ وِہ پہٕ کٹُھنٛچ کاٗم اُمِس نہٕ محلس اندرٕ تیٚز زِہ عشرِ پھیاُر
کرِہ ہے تتھ پیٛٹھ یڈ گُذارہ۔ نیچِوی سنٛدِہ طرفہٕ اوسُس نہٕ کُنہِ
رنٛگہٕ اَکھ رۆٹ لائِنس لیکھی تھِ۔ سُہ پھرآری پہٕ کینٛژھاہ زاآری
ییٛنچپن پیٛٹھ زینان اوس تہٕ اوس بیٚیہ تتی ہاران تہٕ۔ لیکن خُدائے
چھُ سبب ساز۔ یتھے اُمِس تہٕ وِہ کامہِ کٕمی سپنٛز، تتھے لوٚگ وَندکِ
پرتو پیٛنہِ۔ لُوکو ہیوٚت وَندکِ سرانجام کرُن۔ زِیُن، لوٚٹھ، ہَکھ، ژٕنہ
تہٕ باقی بلایہِ بلہٕ لگو ژھانڈُنہِ تہٕ جمع کرنہِ۔ کھوٚتہٕ منٛزہ ہیٛتکھ پہٕ اٗنی
کانگرِہ کھوٚیرٕ کڈِنی تہٕ تمن کاٗچ واٗچ شیرہ ناونی۔ مگر محلکُ محلہ گو
حاژرانہ ییلہِ عشرِ پھیارِہ کانگرِن کاٗچ شیرٕنٛچ کاٗم ہیٛژ کرنی۔ اُمِس
نِشہ لٕجٕ محلہ کین ساری کانگرِہ کھوٚیرِن رینہِ۔ تہٕ کیازِہ پہٕ اُمِس بازرٕ
کھوٚتہٕ پونڈ دونیہِ کم ہیوان۔ لُوکھ اُسو راوان زِہ پہٕ ادٕ چھا کوٚہ سہ
بلایہِ چھہٕ تہٕ کیاہ کار زانہِ۔ چنانچہ محلچہ زنانہ تہٕ لُجہ پانہ واٗنی

ونِنہٕ :

"دَپان ہےَ امہِ کھاولہِ چھِہ رمضان یا کارُس بروٗنہہ ترٛ زٕہ پرٛینز کھیتے

میتیٖ ـــ"

"نےَ ماجہِ ہنز دٕڑی چھےَ ؟"

"جانٔنی دٕڑی ہےَ ۔ اکھ چھُس ، یُہےَ ہےَ ، کرٛینجلِو کانٛیُل اوسمُت ۔"

"پوٚز چھُے ۔ بٔ ترٛ آسس دیان اُمِس کتہِ چھِہ کانگرِہ شیرینج

اَکھکل لاریمٕژ ـ"

عشِہ پھیارِہ نِشہ دٲتی نہ کانگرِہ کھو پرٛی آتی بلکہِ یتہِ کُنہِ محلس

اندر پھٹمُت کرٛینجلاہ یا لُوکریاہ آس ، سہ ترِ آو اوٚتُے شیرُن ۔ یہِ کامہ

زیٹھیٛو اُمِس تیز زٕہ یہِ آس نہ اَکھ دٲتان ترِ ۔ ہر گاہ اُمِس نیٚچو کُنہِ

کانٛرک آسِہے ، یم ہیٚکہ ہن دَہن محلن ہنزٕہ کامہِ گرِہ کُن وَتھ

لٲگتھ ـ

اسندِس اُمِس نیٚچِس اوس ہیتھ کُنہِ غلامہ ناو ۔ مگر ییٚلہِ یہِ کانٛہہ

پرٛیژ ہیہے زِہ تُہہ ماوُ چھو وَن یپاٲری میون نیٚچو نیران ـــ یہِ وَنہ

ہیے : ہتہ جُوٗ ، ژٕیہ ماوُ چھُت یوڑ میأنِس سلامن غلامہ ؟"

اسنزٕہ گامہ کتھہِ کھوتہ اوس اسندِ یہِ "میأنِس سلامن غلامہ"

وَنُن پرٛ ہیتھ کانٛسہ عجیب باسان ترٛ لاژی مَن اسُن اآان ۔ یہِ کتھ

ییٚلہِ محلہ کین شرٛین اتھِہ رُیج ۔ تِمو بنود اَتھ شرٛی یا اٹھی شوغل ۔

عشِہ پھیاٲر یکہ ہے کُنہِ طرفہ ، یمن پلیٚہِ ہے اُمِس کُن نظر ترٛ دُورہ

دُوری لاگہ ہَنس گرٛبزٕ تُلمُن۔

سلامُن غلامہ، غلامُن سلامہ، سلامُن غلامہ۔"

عشقہٕ پھیارٕ اُس کنہٕ ڈول دِتھ لوتہٕ پاٹھی پانس پکان۔ زن نہٕ شُرٕبن ہُند یہٕ گرٛبزٕ کنہٕ اُس بوزان، یا زن نہٕ تس تھکھ ہنز شیٛنکھ تہٕ موجود اُس۔ امہِ وِزہِ ہرگاہ محلچ کانہہ زنان یا مرد، اتہٕ آسہہے، سُہ اوس پیارٕ ی شُرٕبن ہٲبتھ کران۔ مگر ہیارٕ ی ادکھ اُچھ ٹینٹھ ہٲوی ہٲوی وارٕ ے ہسی دِوان۔ البتہ اوس جمال چاچہ اکھ پیٹھ شُرٕبن سیٛز فضیحت پٕران۔ سُہ اوس بعضے بمن تیژ بےٚ وٲری کران زِ محلہ والین تہِ اوس برطبع گژھان۔ مگر وُنہِ اُسس نہٕ کینہہ تہٕ ہیکان۔

گوڈٕ گوڈٕ لاجاو شُربو یہٕ ربژھ واد عشقہٕ پھیارٕ ی ادت۔ مگر پتہٕ لگو دارہ وارہ اسندِس نیٚچوِس تہٕ یی وُنی وُنی فو تہٕ تُلنہٕ۔ پتھے سُہ نظرِ گیا کھ، یم اُسِس راگہ منز پیتہ پیتہ گرٛبزٕ تُلان۔

" سلامُن غلامہ، غلامُن سلامہ، سلامُن غلامہ!"

سلامہ تس اُمس غلامس ییٚلہِ شُرٕ یہٕ رٛیژھ واد اُسی تُلان، سُہ تہِ اوس ماجہ ہُندِہ کھو تہٕ زیادٕ ے نٲرٕ ہ ماے لاگان تہٕ کلہ ہَن بوٚن تراٲدِتھ پکان۔ مگر تس تہٕ عشقہٕ پھیارِہ اُس اکھ بڈ فرق۔ ہرگاہ سُہ ماجہ پیتہ شُرٕبن ہُند یہٕ گرٛبزٕ وُچھہے تہٕ، تس اوس نہٕ کانہہ تہِ تغاٲر گژھان۔ تس اگر کنہٕ پلیٹھ جکھ اوس کھسان، سُہ

اوس ہیٚلہٕ کانہہ ناگرٕ تڈ کرہ ہس۔ نتہ ہیٚلہٕ نہ جل جل بتہ شیر کھ برونہہ کُن

داتہٕ ہس۔ ییمن دون وقتن کیرہٕ ہے نہ سٕہ خوٗن کرہ نس ترٕ کمی۔ ترٛ ٹھ

اُسس اُچھن انہٕ گنڈ گژھان۔ مگر عشہٕ پھیارہ اوس نہ پانس تام سوزان

یٚلہٕ ینیس اُمس نیچوٚس پتہ پتہ ستٕ ہن رٛیٚژہ تلان اُسی ونچھان۔ یہ اُمس

دوہھان تہ ہوٚل گنڈتھ سٕتٕ ہن وہوٗن ہیوان۔ سٕتٕ ہن اُمس امہٕ سیتی وارٕ ے

کھٕہرن لگان۔ تہٕ کیانزہ تمن اوس امہٕ سیتی ینیس اتھ شونؤ فلس مزہ میٹھن

ہیوان۔ تم پیٹھے زیادہ زیادہ گریزٕ اُسی تلان، عشہٕ پھیار اُمس وارٕے

علمن کھسان۔ امہٕ وزہٕ ہر گاہ جمال چاچہ اپاری کنہ تُو لیا ذُج مکھس

پیٹھ تھاوتھ درایاد (تس اُس پرٕ بتھ وزہ تو لیا نکھس پیٹھ آسان)

سٕہ اوس سٕتٕ ہن روبرو دابہ کرتھ کڈان تہ عشہٕ پھیارہ دِلاسہ دِوان۔

"ہے ہے ہے، یہ کیاہ جھک ژہ کران۔ اُنگھ تپاٗلی۔ ییم چھہ ترٛٹرٕ

پیٹھ زامتی۔"

"نہ جوٗ بے ییمن اکہٕ اکہٕ واٚنج ژابہ۔ ییم تُلنا جوٗ ہیاٚنس سلام نس

غلامس رٛیٚژہ۔" یہ اُسس اورہ پھیرت داد بداد ہیوٗ باوان۔

نٕہ موہ یہ ساجوٗ۔ بے یہنزن ماجن۔"

عشہٕ پھیاٚر اُس نیٚنی نیٚنی ناسزا دِنان۔ تیتھی ناسزا ژہ اتھ پیٹھ اُمس

کانہہ نتہٕ کانہہ زنان بتھہٕ لگان۔ تہٕ کیانزہ اسندی ناسزا اُسی نہ انسانس

برداش سپدان۔ انسان اوس زچن ترٛ دِنس واتان۔ آدہ ہیٚلہٕ یہ

بتھہٕ لگن ضراجنہٕ اگادہ اُس گژھان، یہ اُس سٕہ شور تہٕ لبکہ وادلاگان

زِہ اینز آواز اُس محلہ چَن دَہن دَہن زنانن ترٕ ہیکھ تراوان۔ اینزن
لبکن ترٕ وُہوَن نِشہٕ آسہ دَہن دَہن زنانن ہندی وُہو زارہ پارہ
ہی باسان۔ یہٕ اُس تہندٮ۪ن شرٕبن ہوٚنڈشرٲکھ ہیبتھ گاڑہ ہُندی پاٹھ
سِشکم پھُہان۔ تمہٕ اُندرہ وٲرنج ترالبو سیتی تھُپھت کڈٲن۔ سوہ رٔنیجی
ژاپان۔ یہٕ اتھرٕ کنز تمیک رتھ تراوان تہ تمہٕ رتٕ پہنزن ماجن ہیٚنیٚن
مُری نُن شران دِوان۔

اینزہ امہٕ لبکہ لڑٲیہ ہُند نظارہ اوس سخ ہٲبتھ ناک آسان۔
اِنسانن اوس اکھ اکھ دُمہ وال اِستادہ سپدان۔ چنانچہ محلہ واجنہٕ
ترٕ آسہ پانہ وٲنی یہٕ وُچھت ونان:

"دپان ہَے یہٕ چھہ بذاتی واتل کوٗر اُسمژ۔ پتہٕ چھہ کستام گرِیتس
سیتی ژُجمژ۔"

"نامے پوٚز چھکھے ونان؟"

"اَدہ دپوِہ بدل ونے۔ بلکہِ بہٕ اُس سَے گوڈہ دوہہ پیٹھے سوچان
زِہ یہٕ گژِھ کمینہ ذٲژ آسنی۔"

"ہتَے بہٕ ترٕ دپان گرِیسی باپہٕ پھِنہ پژھ لبکہ واتجہ ترٕ لڑٲیہ گمرہ
آسان۔ یہٕ چھہ کم ذاتہ ینزی کٲم!"

یتھین موقعن پیٹھ ہر گاہ اتھ لڑٲیہ، لیہ سہ سٲری سی محلس نار
اُس دِوان، کانہہ آب اوس تراوان۔ سہٕ اوس جمال چارِہ۔ یہٕ اوس
محلس بنٕے وٲری کرٕتھ ژھوپہ کرِہ نا وان تہ عشرِ پھیارِہ بڈہ ٹاٹھنیارہ

سان ہیٛنِس حُجرس تام واتہٕ ناوان تہٕ اِسنٛدِس نیچِوِس اُتھٕ مٕنزٕ ہی تعریف
پوٚنٛشہِ کران۔

اِسنٛدِس نیچِوِس تعریف کرٕنۍ اُس عشہ پھیارٕ ہُنٛز بڑ کمزوری۔
تہٕ جمال چاچہِ اوس اِمنٛزٕ اتھ کمزوری واقف۔ اُمس اوس شہ شیٚچھ
رُت تہٕ پٕزٕ زیوٗر باسان، یُس نیچِوِس پٕرٕ نظرٕ وُچھہٕ ہس۔ یُس
لٕس وولہ دولہ وُچھہٕ ہس، لٕس، ہیوٗ ظُلم گاری اوسُس نہٕ کانہہ درینٛچھ
یِوان۔

اَکہِ دوہ ہٕ ژیری یِیلہٕ لوکھ شونگنہِ اُسی گومٕتۍ، عشہ پھیارٕ ہُنٛدٕ حُجرٕ
منٛزٕ گو کرٕ یکہ ناد تہٕ عشہ پھیارٕ ہُنٛدی بارٕ رو۔ ساریٖ اَندٕ پکھ ہمسایہ
گیہِ پریشان نٕرٕ اما مین کیاہ آو راتھ کُیٚتھ صدمہ بُنیہ۔ واریاہ زنانہ
تہٕ مرد آیہ اور دوران تہٕ دوٗرٕ ان۔ زٕرٕ بٹ آو، مہدہ پٔژ تہٕ سادہ ماس
آیہ۔ ہیہ سِراج تہٕ مہرد بد دأژ۔ جمال چاچہ گیاو اُسو ھتی۔ یِموٕ وُچھ اتہٕ
ساریٖ سی کُھٹس ہنہ جھکرنہ آمُت۔ غلامہ الگ کٕنٛ نٕرٕ مٕرٕ وُٹھتھ تہٕ
بُتھ الوٗند ژُھنٛتھ شرارتہ سان حجیرٕ لمان۔ عشہ پھیأر بیٚنہ انٛدہ اڈنگہِ
ہہتھ اُمس فاش، پرٕان تہٕ طوعونہ کانچھان۔ اُمی سٕنٛد کلہ دار ہیژہِ لاگی
لاگی گامہ کُس ابہ اوٚک طرف پیوٚمُت تہٕ اُمس دُچھنہِ ہمہ ہیوٗر پھین رتہٕ
گلگرٕ سان۔ یِمہٕ بستہٕ اسُنٛد گیشامی بُتھ تہٕ پھیرنک نال رٕچھی رٕچھ اوس
گومُت۔ امہِ کوٗرنہ کانٛسہ کٕنٛ تہٕ فریاد۔ مگر یِیلہٕ جمال چاچہ وُچھن یہِ
لجِ اُمس وننہِ:

"وُچھ جوٗ ہیُو تاوَن زدن کیاہ گُڈرووُم —" یہ پھیر ینہٚ ہس کُن۔
"ہتو کوٚرکھوٚ خُداین جانہ مرگ۔ پیٚنیہ یوٚ یہ نہٚ کوٗ رسِتھ۔"

"اُمِس خُبیٖثس آیہ ناماجہ پیٖٹھ زِٹنس شرم تہ۔" جمال چاچن وۄنُس۔

یکس جوٗ پیٚیہ شرم۔ یہ پیٚلہ تِتھہ شُرٹھ آسہے، تیٚلہِ لگِہا بہٗ گامہ پیٖٹھ شہر مُصیبتس!"

"اُمخر یہ کتھ پیٖٹھ لوے نَے۔ گوس کیاہ کوٗس؟" جمال چاچن پرٛژھس۔

"ہتہ جوٗ کتھ پیٖٹھ۔ بتہ ووٚتُس ترِٹھِن پہَن برٛونٹھ کُن۔ یہ وُچھتہ مینٛگ کیاہ پھاٹہٗ ناَونَم۔ یہ گوا مُبحن تام اَڈہ ژوٚٹ!"

"ہہ ژیہٚ اُمِس شیطانس عقلِہ تاوَن پیٚون۔" جمال چاچس کھَژ عشہ پھیارہ ہُنز یہ حالت وُچھِتھ سۭتۍ شرارت۔

"کیہو ژاریا ہی چھا ماجہ سٟتۍ کران؟" یہ وَنان وَنان ژھۄنہِ جمال چاچن غلامُس چپاٚٹ جورلاہ۔ تمۍ نہ وۄن اکھ ترٛ نہ ژہ، بلکہ وۄناولو تہ پائکھۍ جُجرہ ہٕز نبر۔

"کربی وَنی ژھوپہ۔" جمال چاچہ وۄنُتھ عشہ پھیارہ کُن —"اکھ ژٲو زخمس دجہ تہ زاٗلِتھ۔ یہ رَتھ بیٚہی۔ گوڈہ چھہ مُحسرتی۔ اُمِس چھا پیٚز شرارتھ کھسان!"

"اُمِس چھا جوٗ جہلس منز ہاٗرہو زان روز ن۔ یہ کرِہ خبر کمہ دوہہ

شوہرٕ قتل!"

"قتل کرِہ؟ ہوٚ ہہ - اُسی چھا ییٚتہٕ موٗردٕ بسان - تِمَو سیتی ترٲوٕ
ناوون ترٕ ودِہ - " جمال چاچن کرِس پننٕ کَنہٕ سَتھ - "بلایہِ، ژٕ لوٚ
وونی کتھ - داتھ کیٚتھ چھُنہ یہِ تماشہِ لاگن جان گژھان - "

جمال چاچس درائے گیٚہ باقی ہمسایہِ پننہِ جایہِ خوشی زٕہ ادچار
پیٚیہِ ٹاس زٕہ ژور ینچوی سٕندٕہ دَس - یہندہِ گژھنہ پتہٕ بیٹھ عشہِ
پھیاری بکرٕ اَویزان ترٲوِتھ تہ میٚنگہِ ٹھف کرِتھ رٕژہِ اُکس کنی
زٕنی دِیان ہِش - امہِ پتہٕ بدلیوس یک بار ہتھِیک رنگ تہ اتھ چھکرٕ
آمتس سارِی سی بتس ترٲوِن تیتھ کنہِ نظر، زن اٰسس نظرہ
سیتی ڈوٗان - اُمی سیتی وُژِھ تھووٗ تہ دروازہ مُژراوِتھ دٕرایہِ
تیز تیز آنگنہ نبر - یہِ پھیر سارِی سی بازرس وُچھنو تہ کھودرِی تھرٕ
پتہٕ تھرہ وُچھان - بازر اوس سورُے بند تہ کنہِ کُنہ وانہ تھرس
پیٹھ اُسی وانہ راچھو ڈاف ترٲوِتھ - اُخر واتٕ یہِ اُکس تیٚج وانس
نِشہِ - اتہِ وُچھن غلامہ تھرس پیٹھ کو پیچ کرِتھ تہ کوٹبن منز
کاٚر ژھنِتھ بہِتھ - عشہِ پھیارٕہ کرِس نرہ ٹھف تہ وونُس:

"ییٚتہٕ کیاہ ہو چھک کرن - وو تھوٗ گرہ - "

"گژِھ - بہٕ ناسہ یمہٕ نہ - " غلامن دِتُس وٕ کر - "بہٕ یمہٕ نہ تورٕ - "
"وو تھوٗ، بلایہ ہو لگے - نوٗ بتہ ہو دِمے زٕنتھ - " امہ کرِس بیٚیہ
نرِہ ٹھف - " وو تھو - ژٕہ وُچھ میٚہ ماگہِ زیادہ کال - یوٗت کال ہو

ژِہ تمٲکی چِلِم بَرِ کھ بُہ نمِہ زٕنہہ۔ ووتھ لگے۔ سُہ اوسُم سُلی پَہَن رٹمُت ۔!
توٚے اوس ترٛٹ نیومُت۔ میٚہ دٔوپ دانہ تِلہ سُلہِ پَہَن مو کلِتھ شیر کھ کانگرِ
کھو پیہ ژٔومبرہ۔"

"مے ؤوسنے بُہ نارے پیے۔" غلامن دِژِس کرٛیکھ ہشِس۔ "گژھ نیر
دفع۔ نار دِیتھے تتھ جٕجرِس۔"

تلۄمتہٕ دِتہ کرٛیکہ۔ کانہہ ہے بوزِہ، سُہ کیاہ ونہِ۔ "عشہ ہلیارہ ہیوٚتُس
ترِہ لمُن۔ سلامہ نِہ قبرِہ منز دِرِی ہا نوٚو بترنے دِمے زٕنہہ۔ ووتھ لگے
اَدہ۔" عشہ بِھیارِہ نیوٚ بیِتھ وتہِ تھ لمان لمان بیہ گرہ۔ تتہ دِتیس منٛزٕ
منٛزٕ منز تتہٕ فوٚکرہ ؤن بترِ زٕنہہ۔ یہ اوس یتہ میٚونڈ میٚونڈ تلاو تہٕ
عشہ بِھیارِ ترٛ اَس اَمِس سیتی زیوٚہ لوکھ لوکھ کران، زن غلامہ
اوس اکھ لوکٹ شُر، یمِس یہٕ "آمنے" کرِتھ بتہٕ اَس آپراوان۔

غلامن بیٚلہِ بتہٕ کھیتھ موکلوو، اَدہ ہیوٚت امہ یانہ بتہٕ کھیوٚن۔ اَمِس
اوس وُنہِ پانس تہٕ کھیِنے۔ یہ اَس نہ توٚت تام اَمِس کُن پھوٚل تہٕ نوِان
یوٚت تام نہ سلامُن غلامہ تہٕ منڈِلِس منز بہتھ آسِہ ہس۔ امہ اَسی نیچوٚس
پراَرِی پیراَرِی داریاہ بیِٹہ فاقہ ترٛ دِتمتی۔ تہٕ کیازِہ تس ورأے بتہٕ پھوٚل اَمِس
کُن نیٚن اوس اَمِس زہرس برابر لگان۔

عشہ بِھیارِ گیہ جُھس دُہہ کِرِ کھو تہٕ زیری پَہَن ہشار۔ تہٕ کیازِہ یہٕ

اُس کالہٕ ژِیر تام مێنگ ژھینچ دگ للہ ناوان۔ ژیری دُتھ کرِتھ
ییٚلہِ امہِ چاے کرٕ تہٕ دوٚنی لگہٕ مِن دونوٚے ماجہٕ پوٚتھر چینہٕ، یٚنبری
کینہ گوکھ آنگنہٕ منزٕ ہاکِم آیہٕ آو۔ عشہ پھیاٚر ییٚلہِ دروازہ مُژرِتھ
نبر دراے اتہٕ وُچھن پلسہٕ مکانس دربندی کرِتھ۔ محلُک محلہ آنگنس
منز جمع تہٕ ساری حجرہ دروازس کُن تھِتھ یاٚژھو وُچھان زنتہ اورہ
کیاہ تام ترٛونٛز نیرہ ہے۔ عشہ پھیاٚر گیہٕ حبسہٕ ببسہٕ رُوزِتھ۔

"یہٕ کتہٕ بی چھےُ ییٚنچوٗ؟" تھانہ دارن وٚونُس روبہ سان — "خبر
نیٚنچوُے چھیا کِنہ کیاہ واتی!"

"اَمن حمن سہٕ چھےُ میاٚنِس سلامن غلام۔" عشہ پھیارہ وٚونُس
خوشِک وُٹھو جواب۔

"کرٛیٚن بی یوٗرہی، یہٕ تہٕ کرہا ذرا اَمِس نوٚس زاری ہنٛد دیدار۔"

"یہٕ حمن چھیم اَمِس خبر کمہٕ چھوت لاٚجومژ۔" عشہ پھیاٚرلجِ محلہ
والین کُن عارہ بَرٕ ژوچشمو وُچھنہٕ زِہ تہٕ کرٕ ہی تو میاٚنہٕ بدلہ کانہہ کتھا
مگر اتہٕ آیس ساری تماشہ گیر بوزنہٕ، ہمدرد داہ نہٕ کانہہ تہٕ۔

"چھوت چھیٚس نہٕ۔ یہٕ چھےُ زار گنٛدان، لیٚس جرم چھےُ۔ پیٚبھٹہ چھن
دا تھ اَکس زاٚرِس کلس جیٚر کھاٹسمژ۔ تس کولس چھےُ ژورٕ ٹیبہ آمژہ۔
اسہِ چھےُ یہٕ گرفتار کرُن۔"

عشہٕ پھیاٛر گیہٕ کیہہ پوش ہش۔ اتھ اَکِس بۆنزِس منز ووٚتھ یہ
تیز بتھہٕ زن اُس شبٕن ریتن دربستر اُسمُت۔ امہٕ دِژ نیٖچوِس کُن نظر،
یُس حجرہ منزہ نیبر اوس دراممُت۔ تمہِ پتہٕ ووٚتھ تھانہ دارس کُن :

" یہ حضن جیم غبر کمیٚ اُمس چھوت لاجی مژ۔" اُمس پتہٕ جمال چاچس
کُن نظر۔ " یہ کیاہ حضن، یمِس یُہ ژھتہ جمال چاچس؟ "

یہ پھیر جمال چاچس کُن۔ " کیاہ چھُ لگیا میون سلامُن غلامہ اتھ؟"
جمال چاچہٕ، یُس ہر دِنہٕ اُمس کیہہ اوس تھاوان، یُس یہ بتھ لڑایہ
منز اَسُند تہٕ اَسندِس نیٖچوِ سُند طرف اوس کران، یُس اَسنزہ دِل
رضایہ موکھہ غلامس تعریف پوٚنٛشہِ اوس کرِتھ نوان، سپدٕ امہٕ ساعتہ
کوٚل۔ تمیٚ ترٛاو کلہ بوٚن کُن تہٕ تُلیا دِجہ ہیتھ لوٚگ بُتھ وو تھراونہٕ۔

تھانہ دارن ترٛاو غلامس ہتھکڑی۔ عشہٕ پھیارہٕ کرِ پایہ سیٹھاہ زاری۔
تھانہ دارس گنجایِن گوٚ کم تس اوس پنُن فرض پوٚرہ کرُن، تو تۆ نک
احترام بجا اَنُن۔

عشہٕ پھیاٛر دراہ دوٗر تام نیچوِس پتہ پتہ۔ لوٚت تام سۆ تمۆ گاڑہ منز
لدِتھ نیوو۔ یہ اُس گاڑہ ہندین پہیَن دُچھان، یمِ تیز تیز گردش اُسی
دِوان تہٕ ژھِتہ کھوتہ ژھِتہ سلامہِ نِس غلامس، عشہٕ پھیارہٕ نِشہ دوٗر
نِوان۔ لوٚت تام گاڑی اَسنزِ نظرِ نِشہ دوٗر گیہٕ تہٕ یہ پھیر کلہ بوٚن کُن

تراوِتھ پھیٹھ مِتھو کو ٹھبو نِنِس حجرس کُن والِس۔ زِٕ ترُوٕ شُرُی، ییم محلہ منز خبر کتہِ گِندِتھ والِس آسہِ لوان، تہٕ یمن امِہ سادی قمیچ کا نہہ خبراہ آسن نہٕ، لگِس دُوری ٹاوس تُلنہٕ ——

"سلامُن غلامہ، غلامُن سلامہ، سلامُن غلامہ!"

عشہِ پھیارہ ترآو زانہہ نتہ امِہ وِزہ خوٗنہ بُرز نظر یمن کُن۔ ہیریم دُکھ لوگُس وادسے لستہِ بستہِ تہٕ ناستہِ کرِہ دِنٛد دُرالیس آسہ منزہ چھٹھ ہی —— شُرِ راوِی۔ ظاہر سُنچِک زِٕ ازکیازہ کھڑ آسِس پانس یہِ ونِنس بیٹھ ژکھ۔ تِمو کرِ ژھو یہِ تہٕ یہِ درایہِ لوٗتی لوٗتی پازِ تراوان گرہ۔

پیٹھنس باگی یِو جمالِ چاچس خیال زِٕ یہِ بچارِ آسہِ نتیجِہ سندِہ موکھہ پریشان گامُت۔ سُہ ژاو اسندِس حجرس منز آسِس دِلاسہ مدارہ دِنہٕ کھائترہ۔ مگر یُلیہِ سُہ حجرس منز ژاو، سُہ گوٗ ہیٔے بُنگہِ رُوزِتھ۔ عشہِ پھیار آسِس ہِیتھ کُنہٕ دُکراونہٕ آمُت۔ آسِس اوس برٛونٹھ کُنہٕ اکھ بترباٹہ شیرِتھ یمہِ منز امِہ اکھ میوٗنڈ اوس تُلمُت تہٕ سُہ اوسُس پراٹھ کُنہٕ والِس درامُت۔

دِگرس باگی ہیوٗ کرِکھ یہِ دفن۔ محلکی شُرِ آسی رٛوُدہ گامتی، زنتہ گِنٛدان گِنٛدان پیٔنِدِہ ہمُن آسِکھ راوِمُت تہٕ زنانہ آسہ یِرہ ژھینہٕ پشرِ گُزِھت اکھ اکِس کُن ونان:

"ہتے نیک یا بد، اِنسان کتہِ بنہٕ!"

# جہنمی

(اگست ۱۹۵۸ء)

دوہ ژِ چھَنہ لۄکن یِژھن کتھن پیٹھ پَژھ رۄزمژ۔ تہِ کیازِ تہندِس
اُندی پکھس اندر چھَنہ یِژھہ کتھہ سپدان۔ مگر تمہِ بستی ناگہ زِہ زاجہ
پھترہ اندر کیاہ آسہِ نہ زانہہ کانٛہہ تیتھہ عجیب واقعہ سپدمُت۔ توہہ پتہ
زاجہ پھتر کینہہ گژھ ہژ چھَنہ۔ آسی ہیکوَ وُنی کینہہ تہِ تور گژھت تہ تمہِ بستی
ہُندی آثار وُچھِت یِیہ اکہِ زمانہ اتہِ آسمژ چھِیہ۔ ازچِہ یہِ اکھ مرگ
یتھ اندر واریاہ پہلہِ ڈوکہ بناوی بناوی جیبن ہُندی جب ریچھہ رچھان۔
مگر سُہ تہِ اوس دوہ ہا بیٚلہِ اتہِ شٲنہ ساس زنانہ کیہو مرد آسی روزان
پُورہ پانژھ ہزار آسی اتہِ مردن دفن کرنہ کھاتہِ موجود۔

دیان یہِ آس اکھ خوش تہ خوش حال بستی۔ اکہِ ذوہہ موٗد اتہِ
اکِس بچہِ زنانہِ، یمِس سٕل دیو آسی دنان، کمایہ کُل تہ وو تمُت مہرانہ

نیچوٗ۔ سو بچار گیہٕ یہ ڈُپی زہ تہٕ فلوأے تس اُسی شتھ شرٕ یڈ منزٕ ی
اَڈہ لیکو گامتی تہ پٔہسے اکھ اوٗسس دِشہٕ گنڈٕ ی گنڈٕ ی سیدہٕ
تھہٕ زامٕت۔ دیان یمہٕ وِزہ اُسند یہ نیچوٗ قبرہ منز دوٗنکھ امہٕ کرٕ
تِسنزٕ لاشہٕ یانہ تہٕ کھٔف تہ وَدان وَدان ؤننس :
"گوٗبرہ ! یہٕ گوٗژھک ژٕہ میٔہ کرٕن، تتھ کرہ نأوکھس بٕی۔ گژھ پشِرٕ کھ
تسٕی خُدایس یمیٔ ژٕہ میانہٕ ڈمبہ سوناکھ۔ " یہٕ ونان اوٗسس
گاٗیلہ گومٕت۔

لوٗکن گوٗ اُسندِس نیچوٗہ سِندِہ کھو تہ اُسند محسوس۔ تہٕ کیا زہ
اُمس بچارہ ادس نہ ووٕنی خُدایس بانہ بیٔیہٕ کانہہ تہٕ ییتھ کٔن۔ تموٗ اُنی
یہ ترٕیشہ دامو ہیشہٕ تہ واتہ نأوکھ پنٕنہٕ کھوپرہٕ منز۔ دوہس شوٗزس
اکھ ترأوِتھ دٕہو ہمسایوٗ چلے بتہ۔ مگر اُمس ادس دٕنن لایق بنیومٕت
یہ کُس زہر لدٕہ ہے تمہٕ اندرٕ اُسس۔ یہ اُس صرف رٕیوٗدہ آیہ نالوٗمس
تہٕ لبٕن کٔن ڈ یچھان تہٕ۔ اَسمانس کٔن دم پھِٹٕ وہٕش تراوان۔ خوٗفتن
ژٕییہ تام رُودی کینہہ ہمسایہ اُمس دِلاسہ مدادہ دِوان تہ دِلکھ بار
لوٕ ژٕہ راوان۔ مگر اُمُر تہٕ چھۓ یہ بٕہتھ کأنِسہ پنُن پنُن گھرہ پدٕہٹھ ہیومٕت
سأری ڈ ٹھی تہ گیہٕ گرن تہ سٔل دیار رُوز کُنی زٕنی مکانس اندر نیچوٗہ سِندی
آگھ للہ وان۔

ہمسایِن ہُندِ گژھنہ پتہ اُس سٕل دید پرہ ژھینِس جانا وارہ پنڈِ پاٹھی یمہِ دارِہ ہُتھ دارِہ کران تہ یمہِ کُٹھہِ ہُتھ کُٹھِس اژان۔ ییٚلہِ نہ امہِ سیتی تہِ دوکھ لدِ پانس قرار آس یہِ وُژھ تہ درایہِ مزارس کُن، یینچہی ہنزِہ قبرہ پیٹھ باکر جوراہ ژھٹنہِ۔ ژِ یہ وکھ آسنہ کینژ اُسی دوہ نہِ لوکھ گرن اندر شونگی ہتی۔ اَندی پکھی اُس سوہ اَنہِ گٹہ زِہ انسانس اوس منزی دم پھٹان تہ منزی پنُ پان راوان باسان۔ ہر گاہ وادِہ زِمشہ سیتی کُنہِ پَنہ وُتھرس معمولی کھرش تہِ اوس گژھان، اکھ ہیبت ناک تیرہ ژھٹ اُس رُمن رُمن نیر ہیوان۔ سینہ منزہ اُس اکھ دِل دوز گژیکھ ہرِس نِشہ وأتِتھ کتھ تام سیتی پھسان باسان، یمہٕ کینژ وأنجہ ژس گژھت زان کُونِج اُس گژھان۔ بیاکھ کانہہ کرِہے نہ شاید امہِ وِزِہ آنگنہ نیبر قدم کڈہ نکُ جُورتھ۔ مگر سٕل دیدہِ اوس موت پھوٚر سوکتھ کھوژِہ ہے۔ سوہ اُس اَندری لپل کران تہ وَچھ ژیٹان۔

مزار اوس امہِ پچھ اُخری جلے ترأدِتھ سیٹھاہ بروٚنہہ پوان۔ امہِ مزارہ پتہ اوس بیاکھ محلہ شروع سیدان۔ یتھ سرہ پورٕ اُسی ونان۔ بوز وَے تہِ اتھ سأری سِی زآجہ پھرہ منز اوس ہر کانہہ محلہ بِنیِس محلس نِشہ مزارہ سیتی الگ سپدان۔ اوَے تہِ اُسی اتہ سٕتہ نی محلن اندر پورہ پانژہ مزار موجود۔

سَل دبہ واژ اٰمکہ وُنی مزارس بیٹھ۔ ہیتِس کالس اوس ژونہٕ
ترٕ بالہٕ ہیتہِ کِنہ کلہ کڈِن ہیوٚتمت تہ گاشہٕ لیا اُمس وُژھ گاٹمژ۔ اگرچہ امہٕ
عمرِ سیتہ ترٕ اُمس نہ وُنہٕ انہٕ گٹس تیژ کی سپنہٕ مژ، وونی گوٚہے دکھ ژود
ہیوٚ اوسن گژھن ہیوٚتمت۔ سَل دبہٕ ہیتھے ہنچوی ہنزہ قبرِ نکھہ ییہن
واژ، اُمس آیہٕ اترِ کیاہ تام اِنسان ژھلے ہش ووتھ بیٹھ۔ کران
دٕریٹھی۔ یہِ گیہِ ہے بنگہ ژوزِتھ تہ گوڈنچہ لٹہٕ سپدِس پننہِ اندی یکبیک
یحساس۔ اَمہِ سوٚنچ زِ ہنصیف شبن کُس ہیکہِ یہ مزارس پیٹھ اُسِتھ۔
اُمِس ہیوٚتن بے یرادہ پاٹھی واٹجہ دُب دُب گژھن تہ اچھ دژ ایس
اَتھ ژھایہِ کُن پھٹِت۔ اُمِس باسیو یوٚت ترٕ زِ یہِ شخص چھُ کلہ
بیٹھہ نلس تام وُوری یانہٕ، صِرف چھُس کمرس سفید لٹھ ژادرِ ہش
وُلتھ۔ سَل دبہِ موٚرِ بے شوٚنکہ پاٹھی گوڈہ قدم جوراہ ہیتھی۔ مگر
اٰخرِ ژودُس نہ پانس تام ترٕ کوٚرن آلو:

"ہیو کُسو چھُک ژہ قبرِ عمرِ سیتہ اَدہ سرہ کران؟"

سَل دبہ وُچھ زِ یہِ ژھایے گیہ گوڈہ سے جس ترٕ ژوزِتھ۔
یتہ نمَے بوٚن ترٕ جل جل کیاہ تام ہتھرہ تاٰہتھ کڈِن ہزارہ منزہ کنی ٹکھ۔
سَل دبہِ کمہ یود نہٕ گوڈہ برونہ یکنس جوٗرتھ، مگر اندرِ مس داٰدِ س)
کیاہ کرِ ہے۔ سو گیہ تیز تیز نیچوی ہنزہ قبرِ نش۔ یہ آیس اَڈہ

ڈُژھ ہِش لبنہٕ ۔ زَنتہٕ رُودہ سیٖتی وَسِتھ اُس گامُت ۔ اُمِس ژُج یِہ وُچھِت
بٔے وایہ کرٛنکھ نیرِتھ ـــــ

"ہیو کُنہِ کانٛہہ چھوُہ نو ۔ یِہ کوسا بلایہ چھ مزارس مَتے مُژ !"

آمُتسندِہ امہِ کرٛنکہ نادہ سیٖتی گیہٕ امہِ محلکی تہٕ بیٚیہ مُژہ پورِ کو
ساٲری لُوکھ ، زَنانہ کیہو مرد ، ہُشار ۔ کینٛژن گو گُمانہ زِہ کانٛسِہ آسِہ
نار لوٚگمُت ۔ کینٛژن گو خیال زِہ کانٛسِہ آسن ژُور ژامتی ۔ مگر یِہ
سُو نحیت زِہ کیاہ تام وارٕدات چھ سپدمُت ، ساٲری آیہِ گھرَو اَندرٕ
لِشہ گاش نرالی نالی اَتھ آوازِہ کُن بانٛبرِہ تہٕ چھانٛگرِہ لاران ۔ ژُکہِ
ہَتھ پوٚنشہِ گیہٕ وُچھان وُچھانی مزارس پیٹھ جمع ۔ بیٚیہ ہژہِ سَل دیدٕ
وٕدنکھ بانٛہ بانٛہ یِہ کینٛژھاہ تمہِ وُچھمُت اوس ، ژُکھ لگو اَڈہ دِژھ
قبرِہ شانٛدہ سیوٚد کھُوژی کھُوژی اندر کُن نظر تراوِنہٕ زِہ اتھ منز چھا
اَسندِس بنٛچرِہ سنز لاش کِنہ کینٛہی نہٕ ۔ لاش اُس بے شک اُتھو منز
مگر وُوری یاسنہٕ ۔ کفنہ دفنہ رٔوستے ۔ بیٲرنی گو حیس بلبہ زِہ یِہ
کیاہ قصہ چھ سپدمُت ۔ قبرِ کمیٚ مُژراو تہٕ کفن کوٚت گو !

"میٚہ ہَو چھَہ دِوَتھ ونان ـــ" اَکھ شخص ہینٛیتہ باقی لُوکھ ہاولاونی
ـــ "یِہ چھ گورخراو سمُت ۔ اِنہِ گٹہِ کیٚنز چھ سَل دیدِہ انسان لبنہ آمُت ۔"
"کیاہ چھک وونان ـــ !" بیٚیہ اَکھ کوٚرس داد ۔ "گورخر کِڈہ ہے
لاش تہٕ کھینیٚہ ہے ۔ وَن جانا داری چھو کنہ بیٚیہ کینٛہہ ۔ تتھ چھَہ لاش

سو بُوزِتھی۔ کفنی اوت چھُ غائب گومُت! "

" ہتو میہ چھُ فکرہ تُرن کس تام حرام زادس چھُ شیطان ژراکھ ژامُت۔ " بی اَکھ رُٹ اصل کتھ ۔ " کُس تام ہُہر چھُ کفن ژُورہ کوُن نوگمُت۔ "

کفن ژُور ـــــ ؟ پریتھ کانسہ ژٕج عرقہ ژھٹ نیرِتھ۔ سارِی لُگ گُو تہ چائِری ہی گژِھت اکھ اکس کُن وُچھنہ۔

" ہتو تہ یہ ہُہر ہے گژھہ نُون کڈُن۔ " اکس ژٕنس کھوت سخ طیش ـــ " نو تہ یہ کُس کرُ خدا ین سوُرہ شکل۔ توبہ استغفار۔ ژھن سو میانی خدا ین دُون دُنیاہن تاوَن! "

" نتوی اوت کڈُن کمیُو وُون ۔ دلیُو یُتھ ہُہر گژھہ زِندے گھا سہ نارہ زالُن ـــ " بنیس اکس آیہ سادِی رگہ چارنہ ـــ " یہ چھُو ازتام بوزمُت سیٹھے غضب چھُ تہ ۔ "

اتہ اوس تُل لُوکہ گُنُہ جبہ ہوش۔ بیلہ آسہ ہتھ پوزِ نہ یکہ وٹہ یلہ گژھن، یتہ چھُہ یہ سمجھن مُشکل آسان نہ کُس کیاہ چھُہ وَنان۔ کانہہ ہے عقلہ ہنز کتھ تہ وَنہ، تمتہ تہ چھُہ ہُونی دوُرن گژھان۔ معنہ مفہوم مو کلیتھ چھہ صرف تیر میانہ رائی اَژ باقی روزان۔ تی سپُد اتہ تہ۔

" ہتو تہ دوہ نی لیسند کیاہ چھیوہ وَنان ـــ " اکھ شخص گومودہ

سندِس مَلس کُن۔ "یمِس چھُہ نوٚو شران دیان دِتھ کفن وَلُن کینہِ پتھے پاٹھۍ چھُس قبرِ سپدتھ دِیُن۔"

"ییٚمی کنہِ ہیاگو ہیٚر گرِٹھ نِہ سرہ ٹھیک پاٹھۍ دفن کرُن۔

"اَکھ بُڈِن دِیُت فائصلہ۔" "یہِ ہیوٚ چھُ ناجایز گژھن کانٛہہ شخص خُدایس نِشہِ دوٗرِ یانۍ سوزُن۔"

"نیانیا کرُیوٗن پتھے کنہِ قبر بند۔" سُلی دیدہ گنڈِ کھ گوٚ۔ ذرا وَے کفن ژُور نوٚن، بہ زانہٕ تہٕ سہٕ زانہٕ۔ حالس ہیاگو یہِ نیاے خُدایس پیٚٹھ تراوُن۔"

"ہتو سُلی دید چھوہ لوٚز ذان۔ امیٚک فائصلہ گو خُدایس پیٚٹھۍ تراوُن۔" کمُو تام کرُ سُلی دیدہِ ہنٛزی حمایت۔ "سپدِ زُود یہِ کفن ژُور۔ سہٕ ہُہر کڈُون نوٚن، توٚت تام روزَو نہٕ پتھ۔"

آخرس پیٚٹھ اُکھی پیٚٹھۍ فائصلہ تہٕ قبرِ دِتکھ سپدتھ۔ ییٚتس کالس منز اُس راتھ تہٕ اند واَژ ہرِ شہ کوٚکرَو اُس گوڈہ ذارِہ ہنٛز گاشہِ بانگ دِژ مژ۔ ساری گیہِ پننیٚن پننیٚن گھرہ واپس، خوفہ ہیٚتھ تہٕ تہٕر ییتھ —— کفن ژُورس ستھ جہنم انان۔

امہِ دوہہ اُس ساری بی ذاجہ پتھرہ اندر پہے اکھ کتھا لُوکن زلوٚن پیٚٹھ۔ زنانہ یا مرد، لُوکٕ یا بُڈ، پرتھ اکھاہ ادس لیڈر لوٚہت پرتھ محلہ ادس پنٛنین پنٛنین لُوکن دوٚلنا ہیوٚ دِوان زِہ یہِ کسُند

کارگژھ آسُن۔ مگر اتھ اوسُک نہ کینْہہ ترِ لوان۔ وارہ وارہ ہیُرِن یہ کتھ لڑاین تہ ژھگڑان ہنز بُنیاد بنٕنۍ۔ ترِ کیا زِہ یمۍ سِی پژِ ژھ گاٹہ اُسیٚ کران، ستۍ اوس تورِہ بُتھ کھیتھ پژِ پژھن واکِی متان۔

"دوٚنۍ کرِو میٚہ کفن ژُور۔ یِتھ لاکن آسِہ سۆ ترِ پلیٹھو ڈُلی کرن والین ہیٚہرِ منزِ اکھ پلیٹھوُل۔"

یمہٕ ژھگڑو کٕنۍ یٚلہِ لُوکن ھندی پانہ وأنی رِشتہٕ ہمسایہ گرِ ترِ بأیی برادری ہیُرن خراب سپدِنۍ، یہ بتھ اُکی سُونچ زِہ ہتا دوٚنۍ پھلے لوکن سیتی بُتھی لاگیٚ کرِنۍ۔ میٚہ کتیتھ گو۔ نی نکہ سہ مووِن ہنزِہ اُڈجہ تام ژُورہ۔

کفن ژُور ژھانڈنس اتھ دورانس اندر سپزِہ اتر زِہ کتھ۔ اکھ یہ زِہ سل وبد گیہٕ کفن ژُورہ ھندِہ دوٚیمہٕ دوہہ فاتحہ۔ سو اُسی دوہ ہر ساٰرہِی سی نزاجہ پتھرہ اکِہ گھرہٕ بنیٚس گھرس اژان تہ راتھ اکِہ مزارہ بنیٚس مزارس پھیران۔ اُمس آسہ پلون دیگالہِ گمژِہ تہ مستس کھنزِہ کوپ سپدمُت۔ بُتھی لبہ آسس ژارین ژامژِہ ترِ اُچھ آسس ڈٲنژِ ہُندی پأٹھی پھٹِت درامژِہ۔ یہ اُس نہ کأنِسہٕ سیتی کتھ باتھ کران، صرف اُمس أتی کنہِ وِزِہ خوفناک رِچ دوان۔

"ہتو کنہِ کانہہ چھوٚہ نۍ، یہ کوسا بلا یہِ چھہ مزارس متے مژِ!"

دوٚیم کتھ اُس یہ گمژ زِہ کفن ژُورن اُس بنیٚس اکِس موردس

تہٕ پننہٕ زٕرج ہیٚژ مژٕ۔ امیک شُبہ اوس تٕسندین واٲرِستن دٔیمہٕ
دوہ قبرٕ وُچھت سٕپُد مُت۔ تہٕ کیازِ کالہٕ یمہٕ آیہٕ قبرٕ پیٹھ ہیٚژ اُمس
تمٕ اونہٕ آمژٕ صُبحس اُس سو وارٕ کارٕ اورٕ یور ڈٕجہِ مژٕ۔ محلہ
والین ہٕندِس اصرارس پیٹھ اُس تمہٕ یہٕ قبر کھوٗجہِ مژٕ۔ قبرٕ اندر اوس
پُزی پاٹھۍ موردٕ نٕنگے تہٕ کفن ژوٗرن اُس پننہٕ کاٗم کرِتھ پیٚیہِ حسابہ
سان قبرٕ سیٚتھہٕ دِتیمُت۔

ژوٗکھ زوٗدی کفن ژوٗرس جہنّم انان تہٕ کفن ژوٗر زوٗد پانژٕ
دٔہ مزاران اتھہٕ ترٲوان۔ موردن کفن مُژرِتھ نِوان تہٕ قبرٕ پیٚیہِ شیٖرِتھ
مسنہٲلِتھ تھاوان۔ یہ چھہٕ بیٚیہِ کتھ زِ ہرگاہ کانٕسہٕ اِنسانس پرٕز
یا ناکارٕ کتھ لارِ سو بنہٕ تس پوٗتُس عادت۔ ہرگاہ کُنہِ قومس لارِ
سو بنہٕ تہند رسم رواج۔ پیٚیہِ پزٕ امہٕ سِلسِلہٕ اندر کانہہ تہٕ موردٕ،
زنان یا مرد، کفن ژوٗرِ ژوٗس زوٗد، وارٕ وارٕ بنیو یہِ اتھ اکھ
رسم۔ وونی اوس نہٕ کانٕسہٕ تہٕ اَتھ پیٹھ طیش کھسان تہٕ خوف باسان۔
تہٕ کیازِ وونی اُسکھ دٔہ[20] وٕری یِی وُچھان تہٕ بوزان گامُت۔ البتہ پیٚیہِ
کالہٕ موردٕ دفن کرِ یاکھ، صُبحس اُسہٕ تٕمسنزٕ قبرٕ ضرور نظر دِنہٕ گژھان
تورٕ پھیرِت یُس کانہہ وتہٕ گژھ ہکھ تس اُسہٕ اورٕ یے وَنان ـــــ

"قبرٕ پیٹھ اُسی۔"

"کھوٗرمُت آسہٕ؟"

"قبر چھےَ تی وَنان؟"

"آدہ سہ اُنیوُس جہنّم۔"

یِم ژوٗر[۴] جمُلہ تہ اکھِ لفظ اُسی زاَجہِ پھَترہ ہُندِس یہ بہتھ شخزِس زٕلوہ
تیٚتِس پیٚٹھ یاد۔ تہِ بنہِ ہیے نہ زِہ اَتھ گژھِہ ہیٚے حرف اَدر یا یور۔
یہِ اوس موٚردن مرٛان ذیان دِلس، جنازہ پرٛنس تہ دفن کرنس ہوٚسے
اکھ رسم بنیومُت۔

وُری ذٕہہ[۲] ہَرہ گُژھت چھےَ اکھِ دوہہ ساَرے سی زاَجہِ پھَترہ اندر
کرٛکھ گژھان زِہ کفن ژوٗر ہا دٕراو توٚن۔ یانژن ساسن ہنزِہ اَتھ
بستی اندر اُس نہ یہِ کینہہ کم پہن سَنسنی ہنز کتھ۔ مگر یہ بہتھ کاَنسِہ ہُندی
جذبات اُسی اَتھ اَکس نِشہ مختلف۔ بُڈہ بُڈہ لُگو ژُشکہاہ یہ بزِہ یوٚسہ
یہ منزَے لعنتا جاری گیایہ، یہِ تَسِنز ختم۔ یِم اَتھ دورانس اندر زاَمتی
تہ جوان اُسی گاَمتی، تمِن نِشہ نہ اُس کفن ژوٗرہ اہمیّت تہ نہ کفن ژوٗر
توٚن نیرنس منز کانہہ سنسنی۔ تِم اُسی محض حاَراَنی کنہِ ژُرہ یوٗر لاران
یتہِ یہ توٚن اوس دراَمُت۔ اوَے کنہِ ییٚلہِ سل دیٚد تہ لوٗکہِ جبرس عمتی
اور آیہ تہ پٕنٛنہِ خوفناک چیٖخ دِژن، یمِن جوانن منز گو نہ کاَنسِہ
اَکِس تہِ دِلس اگذار۔ یِم اُسی لوٗکہِ یا نہ پیٚٹھ یہ کرٛکھ بوزنکی عادی
گاَمتی تہ خبر کاَتہہ پھِرہ اَدسک اَتھ بوکچارس منز نقل تہ کوٚر مُت۔
مگر یمِن سہ ساعت نظرِ تل اوس ییٚلہِ سل دیٚدہ گوڑنچہ لٹہ یہ کرٛکھ

دِژایہ، تِمن وۅتھ نوِ سرٕ نوٚسوٗرس کرٕدل۔

کفن ژوٗرس اوس غنہ بابہ ناو۔ اگرچہ اتھ اور ہیوٚتھس غنہ
موکل وَنُن۔ اَسُند محلہ سرٕ پوٚر آو لُوکو سیٹھا تِتھہ کنہِ اَلنہ تہٕ وَلنہ
زَنتہ اتھ کُنہِ بڑس آستانس ناگر اوس لوگمُت۔ پریھتھ کانہہ اوس
بہٕ ونہہ پلنج کوٗشش کران تہٕ غنہ موکلس بُتھ وُچھُن یژھان۔ مگر
تسُند بُتھ ہاوُن کانٛہہ۔ لُکہ ساسن اُکی وُچھ۔ اتھ اور اوس
وۅنی اکھ مورده زیاده کالس سرانہ پیٚچھ پیٚٹھ لُکہ ہاونس تھاوُن
ناجائز گژھان۔ یِہٕ نَے غنہ موکلن پانہ وصیت آسہ ہے کرٕمژ، قیامت
کِس صُبحس تام لگہ ہے نہ لوکن خبر زِ سہ کیاہ اوس تہٕ کیاہ نہ اوس!

غنہ موکلن آسِ مرنہ وِزِہ وصیت کرمژ زِ سہ شوکھ ژود
عُمرِ عمران لوکن کفن نِوان۔ وۅنی چھُ سہ اَتھ سارِ رسمی پیٚٹھ
شرمسار۔ سہ گژھہ وُدری پانَے دفن کرُن، دلہِ خدا تِتھہ کنہِ
عفو کرِ یس۔ مگر لوکو کرُ نہ اَہنزِ اکھ وصیژ پیٚٹھ عمل۔ تِمو وۅپ
زِ یہ چھُ ناجائز گژھان کانہہ مورده وُدری پانَے قبرِ اندر والُن۔
اَدہ اُمی یہ کوٚر تہٕ کوٚرُن پننہِ قبرِ تہٕ پننس عاقبتس۔ اسہ پزِ یہِ
تِتھَے پاٹھی دفن کرُن ییتھہ پاٹھی اکھ بیاکھ مورده دفن چھِن
کران۔ یی چھہ انسانیت تہٕ یی چھُ مذہب!"

غنہ موکل کوٚرکھ دفن تہٕ لوکو اوٚنس عاذ تہٕ پاٹھی یدٕ بھرِت

جہنم۔ تمو پوٗز شکرانہ زِہ بجہ بلایہ نِشہ موکلیو۔ مگر یگاہ ییلہ کمی تام
اینزِہ قبرہ نظر دِژ (حالانکہ نظر اُسی اسندی شرہ قبرن وِنہ یوان)
تتہٕ وُچھنی اینز لاش قبرہ نبُٹھِس پیٹھ وُدری یانہ ییمِژ۔ یہ کرکھ گیہ
نارِچ ہوگ ہِش سارِی سِی نزاجِہ پھترِہ یمہٕ اَندہ ہتھ اَندس۔ ییلہ
اکِہ لٹہِ لجی ترہ پورِہ کِس مزارس پیٹھ لوکن ہنز بیرہ۔ کینژن گو
گمانہ زِہ نیکی بدی ہندیو فرشتو، یم قبرہ اندر مورِدس حساب
رِچھ ہیوان، چھہ بدکار آسنہ کِنز زنگہ ژھتہ نبر دِتمُت دأرِتھ
کینژو دوپ، سَل دیدہ ہند آہ سر پھوٗرِس، خاص کر ییلہ تمہ تہ
امہ وِزِہ اوٗت وأتِتھ ییتھ خوف ناک ژیخ دِژ زِہ کُنہِ کانہہ چھوہ نہ
یہ کوسا بلایہ چھہ مزارس مُتے ہِژ۔ اأخر سپُد یتھ کنہ پیٹھ اتفاق
زِہ یہ چھہ کمی تام بد ذاتن کفن ژوٗر کرنک اُمس مرِتھ اِنتقام
ہیوٗتمُت۔ پوٗز گوٗیی زِہ نزاجہ پھترِہ ہند یو نرم مزازہ لوکو کرِ نہٕ یہ
کتھ پسند۔ تمو کِجہ یہ کار کرن وأرِس گوڈہ لبکہ پوٗنِشہ، بیتہ کوٗرُکھ
مشورہ زِہ غنہ موکل تراوُن ییتھے پأٹھی قبرہ اندر واپس۔ مگر
اُکی بُڈن کوٗرُکھ اَتھ سخ اعتراض ـــ ییتھے پأٹھی یہ قبرہ اندر واپس
تراوُن ہیبا گژھہ ناجأیِز ـــ " تمی دوٗنکھ ـــ " اُمس پییہ نوِہ سرہ
شران دیان دِیُن تہٕ نوٗو جنازہ پرُن ـــ "

سَل دیدہ ہُندس بچِس کیازِہ مانُوتھ نہٕ تمہ دوہہ نوٗو شران

وِین۔ بی بڈان پاٹھس دُہ وُری برونٹھم کتھ یاد۔

"شہ اوس قبرہ نٚبٲس پیٹھ وُوری یانہ پیومت۔ گہ ڈنگ اکو
کرس تسلس ہیٚتھ۔ شہ اوس قبرہ اندری۔ تتھ تہ یتھ پچھ زمین
آسمانچ فرق۔"

یہ دلیل آیہ سادہ بی دٲنن دار بوزنہ تہ غنہ ہوکل آد نوٚد سُران دِتھ
نوٚد کفن وٚلتھ تہ نوِہ سرہ جنازہ پٕرِتھ اُتھی قبرِہ اندر بیٚنہ دفن کرنہ۔
گر دوِیہ دوہہ بُٹھس اوس یہ بیٚنہ پتے پاٹھی قبرہ نٚبٲس پیٹھ وُوری
یانہ پیومت۔ سیتے ادت نہ، بلکہ امہ دوہہ اُسہ بیٚنہ اَکس دون
ہزارن منز کالہ دفن گامتہ زہ ترئے مودہ اسندی پاٹھی قبرن پیٹھ
ننگے پیمتہ۔ لُکو زدن زہ یہ جِنہ غنہ ہوکلس انتقام ہینچ کتھ کنہ
تہ بلکہ چھ یہ دوہ بی تُلتھ اگادہ گامژ۔ یوس تہندین مودن بے
ستر چھ کران۔ ز اجہ پیترہ ہند یہ بتھ اکھ تہر لوٚد تہ اکھ اَکس کُن
گو دنیہ۔——

"دوِیم غنہ ہوکل نا بنہ کنہ تہ۔ ادہ مودس اوس کفن دِوان، پنے
نٚتھ تہ ادکسں نہ کران۔ یہ جہنمی ہے حیوانہ سندہ کھوتہ بتر چھ۔"
دپان انہ ادر اُسی لُکہ غنہ ہوکلس جنت سوزان تہ اَمس نوِہ
بلایہ جہنمن تزوک نان ۔

# لاگ

(مارچ ۱۹۵۴ء)

"ڈاکٹر صابا، دوہ نٔ دِتم تیتھ دوا، یتھ بہٕ اَزی دٲلتھ کیتھ موکلہ۔"
ڈاکٹر ادس ہینڈ بیگس اندر انجکشن تہٕ بلا یہٕ بلٕ ہٹر تھاوان۔ ظاہر
گژھان اَدس کانٛسہ بیمارس وُچھنہٕ گژھُن۔ اَدہ تہٕ تژہی ہشہ کیاہ
تام ژھرٕ ژھرٹ اُسس۔

"تژٕ ینلہٕ کوٗری بانٛی چھے مارٕن۔ میہٕ کیاہ کوٗری۔ میہٕ مہٕ کھار
ہٹہٕ۔" ڈاکٹرن ژٕ دُن امہ کٔنٛدم یہٕ بلٕ جٹہٕ تہٕ تمؠ وُتھس تمی اَنمانہٕ
جواب ——

"اَہن سہٕ ڈاکٹر صاب، اَدہ کیاہ کرہ۔ دوہ نٔ گیم ژوٗر راتھ نیندر
تہٕ منس۔" ڈاکٹر ادس نٔ پوٗدہ پانٛژہ اسندِس کرچس۔ یہٕ ادس
ہینڈ بیگس اندر پیمٕ دیٔ دیٔ وُچھان ژہٕ ساری چیز تھاوی ما وارٕہ

یاٹھر سا سپتھ۔ کانہہ چیز ماگوم سپتھ تلن مُشتھ۔ تمہٕ کوز ہینڈ بیگ
گنڈہ بند تہٕ اُمس کوٗن نظر تلنہٕ ورژِی دۄراد یاٗنی پانس سیتھ دنان

دنان ——
"ژٕ پزی کورہو ہمت کرِنی۔ یہِ سیلچ بیمارٕی چھِ ہر کانہہ پیتھے
کنِہ خودکشی ہُنزہ کتھ کرہ ناوان۔"
ڈاکٹر ہندِ گژھنہ پتہ ترٗو عاشن پتہٕ پھرت اکھ زیوٹھ
دوش۔ زنتہ کھانہٕ دانس منز بستہٕ دَباو ترادِتھ چھوک کوڈکھ۔
اَدہ پتہ وُژھ تھوٗد۔ لو ٹھین گیس ٹیپ راڈے تہٕ وُدا اُسی
گژھت ہیوتُن داہٕ منزہ خبر نیرُن۔
دانس منز اوس دواسازی ہُندِس کونٹس پیٹھ اکھ کمپوڈر
کس تام بیمارہ سُند دوا بناوان۔ اوٗمی تام اوس یہٕ ژھوپہ گرِتھ
پنہٕ کامہ سیتی لگتھ۔ دوہ نی پیٹھِ اُمہ عاشہ نیران وُچھمُت یہٕ دٗودتھ
رازداری پاٹھو اُمِس کن ——
یہٕ ڈاکٹرس وَنیوتھ تہٕ وُنی ژہے مینی۔ بعضے چھُ اکھ کمپوڈر
ڈاکٹرہ سندِ کھوتہ زیادہ کتھن دژان۔"
عاشہ آسہ ہے بوٗد بدِیم دہرہ وُنہ یازِ تو وُہہ۔ ہرگاہ
اُمِس اَتھ کھسہ وُنہ ہو آنی بادشاہ بیمارہ ہُند گرٗدان آسہ ہے نہٕ

لوکٔت۔ اسلام آبادس منز دیرہ ہے نہ یہ بیٹھ گٔژھ۔ زنانہ پانس بروٗنٹھ
کینہ دوہ ٹھ کڈن۔ تیز آبس ہیٔ یہ شکیل تہ جوان۔ مگر وۄنی آسس یہ
بچاؤ بادمی چشمہ تہ کلاوتہ پھیرنی آژ لوٗدِمژ۔

—— یہ کتھ ادس اکھ کاشر ساٗئی بہ اکس بنگالی وزیرس بوزنہ
نادان۔ ساٗئی بہ ادس جسمہ کنہ کوا اکھ تہ کمزور۔ بٹھ ادسُس دوہ بیرٗ
تہ لیڈر یومت، یوہے تُت ہیوٗ ادسُس ڈرامُت۔ اوٗت تمہ وقتہ
ناوِتھ آیہ امس ژاسہ ٹوکھ جوراہ یم اٗمی ہُسس موٹھ وِتھ پانسی
تام محدود تھاوِ۔ امہ پتہ لوگُس بیٹھ وُننہ ——

یتھ ملکس چھہ بوٗبوٗچی کشیر وناں۔ دُنیُک جنت۔ تو یہ ہس نگو
سانہ حکومتکو تم رنگ برنگی اشتہار "کشیرِ وُلیو" "نظرِ گٔمتی"۔ خبر چھا
تمنی وُچھت ما آسوہ تو یہ تہ دِلن یُرتی دوہ ٹھ کڈمژ۔ تمے اشتہار
بوٗبوٗچی یمن منز سنگرمالن پیٹھ نیٔرِ نیٔرِ کرہ وُن شین چھہ آسان۔
آرہ پلو منز ہی ژھال مارہ وُنی دٔری یاو چھہ بناوِتھ آسان تہ یارہ
گُلی ژھلے دُٹھتھ اکھ مس مٹر کاٗشر زنان، پیرن لاٗگتھ تہ نانس
پوٹ چھاوِت نظرِ سال چھہ کران۔ مگر بوٗبوٗچی، یہ کتھ تہ بوزو حرف
بادمی چشمہ تہ کلاوتہ پھیرنی آژہ۔ یہے عاٗرشہ زٹیوٗن اُچھن تل ڈیمہ
کمپوڈرہ منز یہ کتھ بوٗزِتھ دوہ نی کونرس کُن قدم ہیٹو تلنہ۔

"ژٕ کرکھٕ یہٕ پٔزی یا ٹھیلاج ؟ تی سہٕ ؟" تس باسیوٚ کمپوڈرٕ ہنزِ کتھِہ منز ہِنہِ عذاب تہٕ موکلنچ زٕ تیز ہاش پٔربزلان۔

"مگر ژٕ اُسکھ ڈاکٹرس مرہ نگ دوا منگان۔" کمپوڈرٕ اوس دوا بناونٕگ غیرٕ چھلان۔ "میہٕ دوٚپ پوٚزی ما وٚونتھس، بٕ کرے مدد۔" پتھ یہِ جملہ دوان تمیٚ تیوٚت لوٚت زٕ نتہٕ کھوژ زِہ کانہہ ما بوزِیم!

"اَدہ سہٕ ترٕ تی، کرہٕ ہمہٕ تیلہِ مدد ؟" عاشس آیہِ ژٕ پژھ۔ سوٚ اُوس بیمارہ پسرہٕ اُنمژ۔ زندگی اُس تس کرژھ عذاب تہٕ مصیبت بنےمژ۔ میعت ترٕ کیاہ چھُ یتھ دُنیہس منز بنس ہرگاہ نہٕ اوٚر زوٚ تہٕ دوٚر گوٚٹھ روزِہ۔ مرِی مرِی سنس تہٕ وُدی وُدی کھینس اُنی توبلاے۔

"ہرگاہ ژٕ پژھان چھکہٕ، میہٕ کیاہ چھُ، بٕ کرے مدد۔" کمپوڈ سَپُد بٕژ ونتھِہ کھوتہٕ زیادہ سنجیدہ۔ سہٕ اوس دوہ نِی مِکسچرس اندر کیاہ تام مکسچر بناوان۔

"تلہٕ سہٕ ہیتہٕ تیلہِ ثواب تہٕ۔ یہِ موٚل آسِیس تہٕ ہیتم۔" عاشن وٚدنس سیٹھاہ عارہ بٕرتس اندازس منز۔

"موٚل ؟" کمپوڈرس آو اُشن۔ "موٚل چھُ یلاجس آسان۔ موت چھُ مُفت۔" سہٕ اوس اُکِس خالی بوتلہِ منز کیاہ تام مکسچر بٕران۔

"مگر یہ تھاوَے وُنِتھ، یِنہٕ ژٕہ کاُنسہِ وَنہَم زِہ میہٕ دِتمے ژِریہٕ دَوا۔ تہٕ کیازِہ بہٕ چھُس ہٕنہٕ کانہہ ڈاکٹر۔" اَمہِ میوٗت چیرہ پاٹھو بوتلہِ کاک بند کرٕن۔

"بہٕ کیازِہ وَنہٕ کاُنسہِ۔ تیژ لاغاد لاگے ہٕ۔ دسگیرس پتھ۔"

تمہِ کوٗرس پزِہ دِلہٕ قسم۔ کمپوڈرن تراُو تسٕنزن بادٕمی چشمن تہٕ کلابہٕ تہٕ پھبرنس کِنۍ اکھ لولہٕ ہٕش نظر۔ کمسچر بوتلہِ دِژٕن گرایہٕ جوساہ تہٕ پلہ ناُوِن تس کُن۔

"شونگن وقتہٕ چیزہِ بسترس منز ژُودِہ پاٹھو سورُسے دَوا یکہٕ ہٕوٹہٕ۔"

بوتل رٹان رٹان پھُٹ عاشقس ساُرِی سِجا بدنس وُ سواسیِ۔ ظاہر اوس یہٕ تمہِ زندگی ہنٛد تجھاج، یوسہٕ تسنٛدِس میٹھہِ مرِس منز پنہٕ ہوتنگ پھو وادِ اُس رٹان۔ موت نہٕ معنت آسہے، بکھرا کانہہ بے بان مانگ نادِ ہِیتھ ہے۔ قیمت گوژھہ موتس لاگُن، تمہٕ چھک زندگی لوگمت۔

"چیانہِ اُچھ کاُتراہ حسین چھے۔ کیاہ ژٕہ آسکھ تہٕ امہِ بیمارِہ دٕژمٕز؟" کمپوڈرن دوٗن بے ساختہ پاٹھو پانٕنی پانس سیتھ لہِ تہٕ لہِ تہٕ۔ عاشقن بوٗز تہٕ سہ دِد شلیو۔ ہرگاہ تس شامس مرٕن آسہے ہٕ نبرہٕ

پِژھ کتھ کرِنس پیٚیہٕ کاںٛژاہ وُکرِ دٲپہِس۔ مگر تیٚلہِ انِہے نہٕ کمپوڈر
ترِ شاید پٔژھ کتھ زبوہ پیٚیہٕ۔

عاشہٕ ہنیٚوت کمپوڈرہ سٕندِ واز منزہ نیٚرُن۔ کمپوڈرن دِتی
کونٹرس کھوٗنہ دٔرٹھ ترِ گوٗ زِ ہِلہِ نہٕ دِتھ رٕوٗٹُن بُتھ اکھ پیٚیہٕ۔ اَمی
گنڈ دُور تام عاشہٕ ہس مُرٕے۔ سونچان آسہِ زِ مُفتک شراب
ڈیشتھ کاںٛژاہ چھ اکھ دوکھ لد زندگی بوچہان۔

کمپوڈر اوس جوان ترِ تُکرِ پانہٕ پیٚیہٕ اوس کانٛسہِ شفقتہٕ سٕندِ
اَتھ لایہِ نشہِ محروم رُودمُت۔ یہِ اوس پتھ ترِ گژھُن ترِ برٕونٹھ ترِ۔
اُمہِ اُس سبٹھاہ کرٕ میٹھ زندگی وُچھمٕژ۔ سہ زندگی یتھ تھکِت ترِ
زٕمبیت اکہِ لولہٕ ہُنٛد نظرِ یا ڈبکہ میٹھیک اَنار چھ آسان۔ عاشہٕ
نظرِ ڈیٚکتھ ہنیٚوت اُمہِ سرد دوشا ترٲوِتھ سہ میٛنزہ چھکن۔ یتھ
منز ژٕ عاشہٕ کشمیرِ کِنہہ قطرہ موجود آسی۔

—— "بوٗجی پیتہٕ تہٕ اُمس کمپوڈرس دِلہِ منزی کینہہ زٕدہ بد
دَنہِ— "ساکھ سہ لوٗگ بنگالی وِزیرس دَنہِ— "اُمی ہُنٛز نہٕ عاشس
اَتھ دَواہس ہارہ۔ یمہٕ ہارہ موکہِ انسان خبر کیاہ چھ کران۔ تہٕ ہِندِس
ملکس منز چھ ڈاکو آسان۔ یِم سیٹھن پستولہِ پیٚٹھ نالِ پیٚیہٕ سیٚفن
ہنزہ کُنزہ یوِ رکن چھ تراوہ ناوان۔ کمپوڈرن بچارن کرٕ نہٕ ترژھ کانہہ

کتھ نہ چھ یتھ مُلکس اندر ترژھ کتھ سپدان۔ اَدہ موکھ زِ' بوبوجیؔ'
اُسی کیاہ چھِ بُزدِل بلکہ صرف یِہ موکھ زِ یتھ چھِنہ وُنِ مرانن منز
تہٖ گھرِ اندر سیف بچہٕ مژہ۔ سیف چھ پانسے پستول گرہ نادان تہٖ
دِل گوردہ یاود کران۔ اُسی چھ ہتہ بدبن وُرہیَن ہُندی فہ لام
تہٖ مُفلِس۔ سون کُل جاداد چھُ بادِمو چشمہ تہ کلابوتہ پھیرِنی اَتی۔
یُھنہ تہی نرم وچھ تہ وُشنہ بوزُنی بوٗزِد ــــــ نہ بوبوجی ــــــ صرف
سورمہ تہ کلابوتے اوت۔"

بنگاکو وزیٖر اوس اوٚنت تام تُھوپہ دم کرِتھ یہِ دلیل بوزان
گرددِ سپُد سہٕ عائشہِ انجام بوزنہ خاطرہ بےتاب۔
"عائشہ مو یاسہ دَوا چِھیتھ کینہ بچے ہیا؟"
ساوسن کرِہ تُراسہِ ٹوٗکھ جوراہ مو چھِ منز دَم پھٹ تہ
ڈوٚن نس ــــــ

ڈویمہ دوہہ صُبحس بیٹلہِ اَکِس خریدارس گیٚتھ کمپوڈر دَوا اوس
بناوان تہ ڈاکتر اوس کوٚٹ تام ہدایت۔ عائشہ تُراوِ وانس منز۔
تس اوس تیٚمِس بیٚٹھ دوشِن کھوٚتمُت تہٕ اُمِیَن اندر اوسُس ہموم
حیا ہیوٗ تُھاوِ گٔژھ کران۔ کالہ اوس تس پیٚنہِ پادشاہ بیٚارہ ہُند دوکھ
تہ ازاد اوسُس یِنہ نِبن حسین اُمِیَن ہُند یحاس دوتلیومُت۔

خریدارس دَوا دِتھ کرٕ کمپوڈرن حاضر تہٕ سان عاشس کُن نظر۔
شیٖنہٕ چھیت نہٕ سہٕ دَوا پیوٚمُت۔ وونُد آسی نہٕ آمُت۔" کمپوڈرس
آو وُچھن پیٚٹھ اَسُن۔ "زُو بوز پر بتھ اُکِس ڈوٗنٛٹھ۔"

"چھیوٚم کونہٕ۔" عاشس اُسنہٕ کینٛہہ پھوران۔ صرف اُسُس
حدہ کھوتہٕ زیادہ اُچھ ٹیٚٹھ دِہار گژھان۔

"اَدٕ اثر کوٚرُن نا، تی سہٕ؟"

"سہٕ چھیتھ گوو پیوٚم سوٗرُے پان۔ میٚہ دوٚپ ظاہر ہو سکلے یس۔ مگر
صُبحس وُچھم زٕہ بہٕ چھس دُرِ زِندٕے۔"

"ظاہر چھہ دَوا ہِکُ مقدار کم گومُت۔ خاطر فکر چھنہٕ۔ یہٕ دِسے
تمہٕ کھوتہٕ زیادہ طاقت ورِ جسم بنٲوِتھ۔" یہ ونان ونان ہیوٚت
کمپوڈرن مینٛزٕ چھلُن۔

عاشس اُس دوٚن زندگی ہنز مالِکے پھیر ہیٚژ۔ سو اُس نہٕ دوٚہ نٔ
مَرُن یژھان۔ کم از کم یِنہٕ نین حسین اُچھن ہُندِ خاطرٕ اُس سو
زِندٕ روزُن زیادہ ضروری ثناوان۔ سو اُس پادشاہ بیمار نیشہ
بَلُن یژھان تہٕ بتھ گرِتھ یہ وُچھُن یژھان زٕ کمپوڈرس کیاہ ادِس
اَسنٕزِ چشمن تعریف کرنہٕ منز مطلب۔ تس ادِس یہ کمپوڈر حکمہ
باسان، یسٕندِ اَتھہ ہوتَک پیالہ چیتھ تس نٔ دوٚہ دواہ نِندرِ کریٚنز

نصیبہ آس سپنز مژ۔

"نہ سہ دَوا بنأوی نژنۍ۔" سو منز چھے ہا۔ "دُ چھو خُدا کیاہ کرِ۔ بلکہ بل راوُنس!"

کمپوڈرس پھوٗل بُتھِس پیٹھ یہ بوزِتھ آسُن۔ تِکیازِ اُمہ اوس تہِ اُمِس یہ گوٗب نِندرِ پینہٕ کِ بُکھپرِ دِتِمُت۔

"چھانی مرضی ییلہِ تی چھَے۔ بہٕ تہِ چھُس شیرِ حالَن ژِہ گژھک مرٕنی۔ کم از کم چھانہِ اُچھ ...... ..." کمپوڈرن کرٕ ژھوپہٕ تہٕ بادسناک، پانٕژُ ترادِن عاشس اُچھن اندر اُچھ۔ سو وۄتھ تہٕ تیز تیز قدم تُلِتھ نیٖچ دانز منزہ نیرِنہٕ۔ کمپوڈرن کوٗرُس آلو——

"یہِ دۄ نیتھ تہٕ روزان کتہِ چھِک؟"

"کاوِچ محلہ!" عاشس دِتُس پوٗت پھیرِتھ ورأئی جواب۔ اصلی چھُس اسلام آبادِچ۔ یور چھُس ماجہِ سیتی وُژھ مژ۔"

اَتھ چھُنہٕ کانہہ تہِ شک زِہ عاشس آسہٕ بادمہ چشمہ تہٕ خمارٕ بَرٕہ اُچھ مگر کمپوڈرس آس نہٕ تمِن سیتی تیٖژ دِلچسپی، یوٗت زِ تس پادشاہ بیمارِ نِشہِ عاشنۍ توجہٕ ژالُن مطلب اوس۔ تِکیازِ عاشس اوس امیک احساس حدہ کھوتہٕ زیادہ سپدمُت۔ ظاہر جوان آسنہٕ کنہٕ! یہ چھُ پوٗز زِ کمپوڈرہ سِنزہ پنزہ دۄہ کھلہ زِندگی

اُس کانہ اتھ خاے تہ سہارہ تھاوان۔ مگر تِہ اُستھ تہ اوس یہ عاشس رِتِھ محض اکھ بلو رگینڈ ناہ کران۔

بنگالی وِزیٖرس بیوٗل یہ بوزِتھ خوشی سیٹھاہ تہ ساری ہمس لوگ تِہ ژھینہ۔ "عاشہ گیٔ ٹھیک؟ لاڈِ مس آسی کم ژیادہ پیٚنز ہژ۔

"بوبو جی - ساری ہمس آو ٹِش تہ وِدلی نس۔" عاشہ اُس اتہ اور کمپوڈرس سیتہ مانند دوہ گِھبے ڈل سائلس گژھان، گِھبے نِشاط شالہ مارس پھیران۔ گِھبے سینما ٹاکی وُچھان۔ سو اُس بانھ ہوا تہ ژونہ راژ چھاوان۔ کمپوڈر اوس تس پیٹھ بَنیہ آمدنی ہُند اکھ جان حصہ خرچ کران اگرچہ اسِس تہ تیوٗت کانہہ خاص تنخواہ اوس نہ۔ وعلی گو کوٗ آسنہ کُنہ اوس بنِیس پیٹھ ژور روپیہ خرچاوِتھ ہیکان۔

کمپوڈرس گیہ یہ کھیل گِندان پوٗرہ ژور رِیتھ تہ اتھ دورانس منز اُس عاشس بیماری مشرفس سیتھ گامژ تہ جوانی ہُند بحساس اوشس تِہ بدلہ بۄ ڈنہ ٹکوٗ آمُت۔ تس اوس روغن رنگہ ہواد تہ بیوٗرمُت تہ جسمک وزن تِہ اوشس رژھا ہُریومُت۔ مگر اکھ دوہ گیہ سو ہنگہ تہ منگہ پننہ ماجہ سیتہ اسلام آباد تہ تورہ آیہ نۄ ادہ ژنہ تہ شہر واپس۔

"عجیب کتھ چھےٚ۔" بنگالی وِزیٖرٕ دوپہس۔ "کیاہ سہ کمپوڈر آو نا پیٚتر کھیل گِندان تنگ تہ؟"

ہنگ کنہ پیہ ہے بوبوجی!" ساؤسس اوزابہ ٹھ کھاسے
اوس ٹلِ گنڈنہٕ پیٹھ اصل گندنس پیٹھ ودمت۔ تہ اوس پزی پاٹھو
عائشس پیٹھ تلوا گومت۔ تسنز پننہ دوکھ لد زندگی اوس عائشس زینہ
اکھ سہارہ ژوبت پیتہ تہ بوچارہ پیٹھ اوس کریشانی۔ عائشہ خن
بادو حشمون ہند مفت شراب وچیت اوس سہ بو چھیومت۔ تس اوس
عائشہ سیلچ لاگ ترمژ۔

بنگالی وزیرٹس آو یہ پوزت وانجہ اہرینہ ہیوسہ ڈدمتس۔ بڈہ
افسوس ناک واقعہ چھ سپدمت۔ سیٹھہ افسوس ناک! تژیہ کینہہ خبر
شہ کمپوڈر اذکل پزندے؟

ساؤسہ سپد سنجیدہ۔

"بوبوجی دہان سلہ گژھت گیہ تس کمپوڈری اتھہ۔ نوکری موکلتھ
کتھ چھ اکھ انسان بیتھ سائنس ملکس اندر لگان۔ یتہ ہما تھند کھنگو
پاٹھو کارخانہ تہ کامہ کار چھ باقی سپیلہ نہ انسان چھینہ پتہر۔ یتہ چھ
سرکاری نوکری نتہ بوچھ۔ دوس گو بوبوجی، ہرگاہ تمہ کمپوڈرن نوکری
ہندین ایامن کم قلیل بچت آسہ کرمژ تیلہ آسہن ضرور۔ گرد کمزیا ٹو
ہیتزمژ تہ کانسہ وزیرٹس آسہ ساؤسہ گری کران۔ تو تہ کینہہ یلانچ تہ
سنج سپیل۔"

# آئنہ

(۱۹۵۹ء)

"ووستا آئنہ ہسہ چھُے۔" غلامہ اوس کلہ بوٗن کُن ترٲوِتھ ووستہ غفورس ژینہ دُنی دِوان۔

"آسنُے گژھ۔" ووستہ غفورُ ترٲوس نظر پانٕس سیتی دُنیہٕ ٲنس کُن نظر تُلان۔ یہ آئنہ اوس تِہٕ سیتی تِتھہٕ کنہٕ اوٚیزان ییٚتہٕ اتھ منز اوس بُتھہٕ سیدہ کِہ مکانک عکس پیوان۔ مکانہٕ کِس ڈالانس پیٹھہٕ آسہ گگہ رنگ سازنی زنانہٕ زیبہ کانٛی نیران تہٕ ووستہ غفور اوس تس آئنہ اندری عشق کران

---

ووستہ غفور آسہ ہے اکہ پلہ شیٹھ وامنِسہ۔ یہ آئنی کتھ چھ زِ انسان ییلہٕ شیشن چھُ وآتان، سُہ چھُ بریٹھن ہیوان مگر ووستہ غفور اوس نہٕ بریٹھیومُت۔ اَمِس آیہ دُنِہکبو ئمو تہٕ حاری ناتی سیتھہٕ انبیلہ پھیری متیہ۔ تھوٚدٕ تلہٕ تلہٕ دب گڈِمتہٕ۔ توٚے اوس اَمِس ہر وِزِہ بُتھِس تیٚتھ بوٚم

پشیپان زِ یِنہٕ پان، پَنُن کار، یِنہٕ اَندر پوک، پرِیتھ کانہہ چیز اوسُس
زیٚن کھینِہ یوان۔ یہ اوس پرِیتھ چیزہ نِشہ بیزار گومُت۔ تۄہُت بیزار زِ
ڈرنہٕ پتہ یتھہ بیلہ یہ کانم اوس کران، یہ اوس تِتھی موڈ درنوی طرح
بناوان زِ ڈولی بچِہ اَسن ساوان۔ شاید اوے کِنہ اوسکھ اَمِس "بچہ کلہ"
ناو گوڈمُت۔ حالانکہ اکِہ وقتہ اوس یہ ساروے شہرس اندر بچہ کامہ منز
گنہ تہ دگر مانہ یوان۔ امہ سُند کام اَمِس تیز مشہوٗر زِ تمن اَمِس "غوٗفری
طرح" وَنان۔ بلکہ دۄنہ تہ ییلہ کانہہ پۄزون انگریز خریدار گانُس دُکان داَمِس
نِشہ کانہہ چیز ٹُھ بیلیہ ہے، دُکان دار اوسُس دوکہ دِنہ خاطرہ ونان۔
مسروٗس یو ہیس غفور دامیڈ۔ یوٗسی ووٹ وَنڈر فُل میڈ۔" انگریز اوس
غوٗفرین ناو بوزِتھ اُچھ ڈٹھ چیز تُلان۔ تہ کیازِ اسندس چیزس اوسنہ
ذچھپتک حاجت آسان۔ مگر ونہ اوس تِہُندے دوستہ غوٗفر بچہ کلہ" بنیومُت۔
اُمِس اوسنہ زنتہ پانس تہ فکرہ تران زِ نیٚہ ہتھو یار تہ سوبے ڈُولی
ہٹ ہے اُمِس بروٗنٹھہ کنہ بچہ آسان، اُمِس کیازِ یِتھنہ تِتھی طرح
ترانی تہ کھنیچ تگان۔ اسندِہ کارخانہ منزہ یم ژاٹہ بأچہ تیلہ گسب ہیچھیت
دراہتی اَمی، تِم تہ اُسی ووئی دوستہ کاربِنے متی۔ تہنز کام ییلہ اَمِس کِنہ
ورزہ نظرہ اَس گژھان، یہ اوس کرِیانہ ہیو کڈان۔ اَمِس اَمِس کلس
حرکت ہِشی گژھان۔ ظاہر اوس تِہندس کامِس آسنہ کِس اصل نُنہس
واتان۔ توے تہ اوس پانی پانس رِستہ ونان: جراثی ہنزہ کنہ۔ میانی
پاٹھی چھلماہ کادہ یکمہ شین یومُت۔"

کاوہ پکھہِ یہٕ شین پینک یحاس ادس اُمس تیوٗت گومت زہ یہٕ ادس غلامس تہٕ واہبس یم اُمس کارخانس منز دہٕ ژاہٹ باُجراُسی پننہٕ پرانی زندگی چھکاوان۔ اِنسانس پیٹھ از "اللہ منز چھہٕ ژلان تہٕ پگہ چھس ونلہِ اندر راوان۔ سہٕ چھہٕ اَدہ پتہٕ سستی چھکاوان۔ اہنز ریزہ کاٗمہ کاٗم کیٚنز اُوج زاُوج اُمس آسان۔ اُمس کاُتیاہ صحب لکھ اُسی فوٚٹو تلنہٕ کارخانس منز واتان۔ اُہندِس مالس کیتھہ کنہٕ اُس بازرس منز تھیہ تھپ لگان۔ اکہٕ پھرہ پیٹھہٕ اُمس ترن جاین ہٹ پھٹ، اُمی پیٚس تتھ واٹھ دیت، سہٕ آو نہٕ خوچہٕ سبحانس تہٕ اللہ، یٚس زن ہچہٕ کاٗم وچھنس منز ونہٕ تہٕ مونھمت کنہٕ کوٹھدار چھہٕ، اَدہ دِژس تمہٕ وہٕ سوٚپیہ ینامہ تہٕ دوٚن نس:

"از ہیا ہورُم غوٗفرہ، مونمکہ کاٗسب چھک۔"

مگر پیٹھہٕ غلامہ یا واہبہ امہ وِزہ پرژھان اوٚسس زہٕ دوستا اَدہ کو نہٕ سہٕ چھک ژہ دوٚنی تِژھ کاٗم کران۔ اُمس آسہٕ سارِی سِی بتھس یکبار گینہٕ دوٚتلان تہٕ اکھ انیک غمچ ژھاے اُسس بتھس ہا یہٕ لوٗن کران۔ یہٕ ادس ڈوٚنی ہٹ اُچھن نزدیک نوان، زنتہ بوزنہ اوٚسس نہٕ پوان زہ طرح کمہٕ سیٚود چھس تہٕ کیاہ چھس۔

مگر یتہٕ پتھہٕ اُمی زیبہ کاٗنی وُچھ تہٕ تس سیتی اُنہ اُندری عشق ہیوٗتن کرن اُمس زن آو یہٕ تاون زدُنیا بیہ اکہٕ لٹہِ کو مہٕ اندر۔ وانس زن نیہ ہس ترٛ ۳۰ وُری کنہٕ دَرہ دِتھ پتھ —— تیز پتھ زہ اَمس اُسی ہنگری تہٕ دارٛ

تام ہارِ کاٗنٛتھ گامُت۔ مگر وۄنۍ ہیوٚتُن تِمَن بسمہ کرُن۔ کَس ہیٚتِرن
عرق چیٖنہِ بدلہ چرٚبہٕ ڈٕرِدِ دِنۍ تہٕ ژوٚہان ڈبین ہندٕ شکار کلاتھک لیلامُ
کوٹھ ہیوٚتُن نالہِ تراوُن۔ نقش گری کرن وِزہ یوٚسہٕ اُمِس نرہٕ زنگہ پیچہ مژہ
آسہ باسان، تِمَن اندر ہیوٚتِنَس نۆوِ نۆنَن گرٕدہ تہٕ گردہ تہٕ ہیوٚ کرُن۔ اُمہ ہیٚتِر
بیٖیہ ویٚچھِرِ پۆچھ کامہ بدلہ ریزٕ کارٕی کام کرٕنۍ تہٕ تمۍ نۆوِ طرح تراوِنۍ۔
بیٖیہ اکِہ لِٹہِ لۄگ اُمِس پننہٕ موٚٹھمت تہٕ رودمت کسب پانٕنۍ پانٕنے
بڑونٛتھ کُن یُن۔ سُہ کسب زِہ اسندی ژاٹھ باجی غلامہ تہٕ وہبہ تام ٹُلگ کرِہانٕ
کڈٕنہٕ۔ تمن ہیٚتِرن پیٚتِس ووستہ کارہ ہندِس اتھہ کسبس ییٚتھ چالی کھسیو۔
تہٕ کیازِہ ترِژھ کام اُس نہٕ تمن بازرس اندر کُنہِ کارٕی گر وانس اندر نظرِ
گامُت۔ بلکہ اکِہ لِٹہِ پرژھس تہٕ غلامن :

" ووستا پژھ ریزٕ کارٕی کام کیاہ سہ زِہ لاجِتھ کرِنۍ ؟ "

" کیازِہ ؟ " ووستہ غفورن دِتُس جواب۔ " زانِہ نازِہ ؟ " حالاں کہ پزر
اوس یہ زِہ ووستہ غفور تہٕ اوس لاوان ہیوٚ زِہ تس کیتھہ پاٹھی ہیوٚتُن
ییٚتھ کالہِ سُہ پیٚشدن کسب واپس یُن۔

" ترٕنسہ وُہنم نہٕ ووستا۔ " غلامن وٚنُس بۄ۔ تم دِل وار انگریزِ کیتہ
سہ ٹھیدیم اتھہ ہیہ من۔ وونۍ گژھِ ہندستانۍ لالہ حِساب ویٚتھ پۄتھ
کامہ ہنا آسنہٕ۔ "

" بے قلا پونسے چھا سورٕ ے کینہہ آسان۔ " ووستہ غفورن تہٕ وٚنُس
بۄ جاواہ۔ وُچھان گژھو ژِہ۔ ووستہ غفورا چھِ دُہنہٕ زندے ! "

پُژی پأٹھۍ اوس تہِ وۄستہ غوٚفر اُتھ اَندری عشق کرنہ پیٹھہ بییہٕ زِندہ گومُت۔ سُہ اوس تیتھ کنہِ دانہ موٚنڈِس پیٹھہ ریزٕ کأری کأم کران آسان، زنتہ گگہ رنگ سازنہٕ زنانہٕ پنٕنۍ وۄستہ کأری آسس ہاوِنۍ آسان۔

---

گگہ رنگ ساز اوس بییہٕ کمہِ تام محلکُ روزان وول تہٕ اور اوس رتس دوٚن رتن ہُندِہ کھأترہ کرایہ مکانُس چھینہٕ آمُت۔ اُمِس اوسُن تتہِ کیتھہ تام پأٹھۍ جاینہٕ نار ہیوٚتمُت تہٕ یہِ کینژھاہ وُرنہ وتھرنہ زُنگی جاداد اوسُس تتھ اوسُس سوٗر سپدِمُت۔ گگہ رنگ ساز ییٚلہِ کامہِ اوس نیران، زیبہ کأنۍ آس کُنی زُنۍ مکانس اندر روزان۔ گھرس منز رنگہ وفوٗری آسنہ کنۍ آس یہِ پربتھ دوہ نوٚہ نوِہ رنگہ کلہ دِچہِ گنڈان۔ اُمِس آسہ ہن نہ دوٚہ لوٚ ترٕہیوٚ زیادہ کلہ دِچہِ کینہہٕ ترِ۔ مگر امہِ رنگہ بدلی سیتۍ اوس انسانس باسان زِہ توٚت تام تہٕ کیاہ گوٚ، درجن زِہ درجن آسہ نسی۔

مگر دوٚستہ غوٚفر اوس نہٕ اسنہٕ اُمہِ رنگہ واہہ واہمَن دیوانہٕ کوٚرمُت تہِ کیازِہ زیبہ کأنۍ آسس نہٕ چھرا رنگی اُژ، سہ آس شکلہِ ترِ پرِژ ترٕ انہارہ کنۍ ترٕ جان۔ پیٹھہ آس سہ پنٕنۍ کھوور اُچھ، یُہ سہ کأنۍ آسس، ژوٗرہِ کھادنہ موکھہِ تیتھہ پأٹھۍ تتھ پیٹھہ مس کھیٚشی آویزان تراوان، زنتہ اَکہ غائبہ پانٕے آسس پیمژ۔ امہِ سیتۍ آس سہ وارٕے تیالہِ مظہرہ ہشِ گژھان۔ بےٚ خبر تہِ لگہِ ہی اُہندِس اتھہ اندازس بلایہِ۔ دوٚستہ غوٚفر تہٕ اوس اصل سازنک پژود اُسیتھ تہِ اُمی پیٚزن مورمُت۔

گوڈٕ گوڈٕ اُس زیٖبہ کٲنٛز دوستہ غوٗفرنٕ امہِ عشقہ نشہٕ بےٚ خبر۔ سو
اُس بیٚنزرٕ پٔزرہ پأٹھۍ ڈالانس پیٹھ نیران تہٕ بازرکۍ تماشہِ وُچھان۔
یاگرٛ مجلسِ منز سیٖوٗن ہاکھ رٕٹھ ژارنہٕ بہان۔ اکہِ لٹہِ پییہٕ اُمس دوستہ
غوٗفرس کۍن نظر تہٕ یہِ وُچھن فأترٲہیوٗ لبہِ کۍن وُچھ وُچھ کیاہ تام عجیب
حرکژ کران۔ یہِ رأدٕ ہِش زِہ اَما اتھ لبہِ پیٹھ چھہٕ کیاہ اُمس، یتھ پتھ
یہِ بیقرارٕمُت چھہٕ۔ کأنٛز بلایہِ۔ ستان ستان تہٕ وأژ یہِ اصل پیٚس تہٕ
امہِ وُچھ اتہِ اٲنہٕ اَویزان۔ اُمس کھٔژ سخ شرارت زِہ اُمہِ بڈٕ کچل نٲرنس
کیاہ سنالہٕ۔ اُمس چھنا دوکھ تہٕ وسان۔ مگر یتی سوٗچن زِہ خبر پٔزۍ
کِنہ چھانہے وُچھان، کِنہ پٕی چھس محض شک کران۔ امہِ کرٕ اکہِ بییہِ
رنگہٕ اُمس آزمأیش تہٕ آخر روٗدٕ نہٕ یہِ اَنہٕ اَندری عشق کران۔ امہِ دوہہ
نہٕ کینژھہٕ، بییہِ دوہہ پیٹھہٕ لگ زیٖبہ کٲنٛز خبر کمہِ خیالہٕ فرصتہ وِزِہ ڈالانس
پیٹھ نیرنہٕ تہٕ دوستہ غوٗفرس ستی عشق کرنہٕ۔ دوستہ غوٗفر اوس اٲنہٕ منزی اُمس
خبر کیاہ اشارہ ہاوان۔ خبر کیاہ بڈٕ عشق مہہرِہ مُشک کران تہٕ یہِ
اُمس ہتہ ہنزہ اُکس جواب دِوان۔ اسُند یہِ جواب اوس دوستہ غوٗفر
اُمس کۍن ٹاکارہ نظر پھیرنہٕ ورأی اٲنہٕ اَندری رٹان۔ اُمس اوس یہِ اٲنہٕ باصفا
دروٚیشن ہُندی پأٹھۍ حقیقژ ستی وأصل گژھنچ اکھ مجازی ہیرٕ بنیومُت۔
یہِ اوس اُمس زندگی ہُند اکھ الہام، اکھ ترغیب تہٕ اکھ کوشش پیدٕ مُت۔
زیٖبہ کأنٛز ہُندِس ڈالانس پیٹھ نیرنچ خبر اُس گوڈنی خلاصس لگان۔
لتس اُمس گوڈٕ بسم اللہ ہی تور کۍن نظر پیوان۔ تہٕ چھُنہٕ خبر ہنگہ تہٕ منگا

کِنہ تس اَس کام کران کران تہِ اُدرِ کُن کل روزان زِہ زیبہ کائی ڈشایا
کِنہ ڈشایہِ نہ۔ اَدہ ییلہِ سو نیران اَس، یہِ اوس کلہ بوٗن تراوِتھ ووستہ
غوٗفرس ژینہ دِنی دِوان :

ووستا اُنہ ہسا چھُے!"

"آ سُنے گژھہ۔" ووستہ غوٗفر اوس پانی پانس سیتی ڈنان تہِ اوٗرہ
یور کلہ تکنہ ورائی اُنس کُن نظر ترلان۔ اتھ منز اوس زیبہ کانہ ہُند عکس
تلاوس اندر نژوان ہِش پیوٗمُت آسان۔ یہِ اوس گوڈہ عاشق آیہ وُٹھن پیٹھ
اسنہ ہنا ہش اسان۔ تمہِ پتہ اوس ٹھائی ہیتھی ڈیکس کُن اتھ نوران تہ
پننہِ کِنہ زیبہ کانہِ سلام کران۔ امہِ پتہ اوس یہِ پننہِ پانہ تہِ ماحولہ نشہِ بے
خبر سپدِتھ اُنس کُن وُچھِ وُچھِ تمہِ تمہِ شرِی لیہ کران زِہ ہرگاہ بیٹیہ کانہ
وُچھہ ہے، ہلی کانِہن گژھہ ہیٚس اُسہ اُسہ گرزس۔ مگر تتھہ اوس غلامہ
تہ وۄہی اوت، وُچھس۔ سُہ تہِ تُلی مادہِ کام کران کران۔

---

ووستہ غوٗفر اوس امہِ عشقہ پیٹھہ سبحئے کارخانہ منز راوان تہِ کارخانس
منز اَتہ وُنے گوڈنی اُنس پھیر دِتھ دیہ سیتی صاف کران۔ تمہِ پتہ اوس
پھیر اکس اتھ اندر بیٹھس پانس سام ہیوان۔ منز اوس یمہ والن فش
دِتھ سو مرد سان بیہہ نادان۔ منز اوس وُٹھ مگر نادان تہ امہِ دِزہ آسس
ژھاتہ کنن تام واتان۔ ظاہر اَدہ کیٚنہ زہ سُہ اوس وژھ والنچہ عشق کران
اُمی عشقن اُسہ اَمِس دُنیا ہکین غمن تہ حارہ تن ہُندہ سارہِی دب

مشر اَدی مِتھ۔ ڈیکہ چیٚن گیٚنبن واش کوٗڈمُت۔ تہٕ بییہ اکھ لِٹھ بُتھیک بوم
ژٕلِتھ راٰوِتھ نوٚو رنگ اوٚنمُت۔ اُمہ اوس اَکس وتہٕ ڈاکٹرس نِشہ دنٛد
صاف کرہ نکُ منجن تہٕ ہیوٚتمُت تہٕ بُتھ چھلنہ وِزِہ اوس تمہ سیٚتی مُسکہِ دنٛد
چمکاوان۔ حالاں کہ تمہ اَسی وۄنی کھیٚے تہٕ ہلی اوٚدت موژٕرے مِتھ۔ پیٚنٹھ
اَسکہ خلالہ کرِتھ کرِتھ بجہ بجہ برِہ منزہ باگہ گاہِ ژہ۔

یتھ دورانس منز اَسی اَمِس ژالٹر باچھ تہٕ واتھان تہٕ یہ اوس تمن
دوٚہیچ کاٰم برو نِہہ کنُ تراوان۔ تِم اَسی اورہ یور چھکرِتھ آمتی، ہتھی یاد تروٗژہ
دول، پرنجِہ دول، بیرہ بٹائی تہٕ دوٚیم سامانہ جمع کران تہٕ کامہِ کنُ لگان۔
غلامہ اوس دوستہ غوٚفرِنس اتھ عشقس تُلی ٹارہ ژرژان۔ دوستہ
غوٚفرُ اوس اتی زیبہ کانہِ اشارہ ہاوان۔ اُمِی کنُ اتھِ نتھ زیبہ کانہِ ونان
زِہ چانہِ اَتھی مس کھیٚنشہِ پتھ چھمُ ہورمُت۔ زیبہ کانہِ اَس امہ وِزِہ
وُٹھ گمہٕ ناوان تہٕ زانِتھ مانتھ پنِہ اَتھ مس کھیٚنشہ اوٚنگجہِ سیتی بڈہ
نازہ سان زیرِہش دِوان۔ دوستہ غوٚفرُ یام یہ وُچھان اوس، سہ اوس
نس کھاٰدِتھ زنتہ اتھ مس کھیٚنشہ مُشک ہیوان۔ زن زیبہ کانہِ مُشکنہ
اوفر اَسی ٹلٛو مِتھ آسان۔ تیچ خوشبوے تمہِ ڈالانہ پیٚنٹھ اتھ کارخانس
تام واوِہ ژھٹِہ سیتی اَس واتان۔ یہ اوس گھیٚے پینٛزٕ جرِہ ٹوٗپی ہنگرس
کنُ اَنِج تھاوان۔ ریڈلیمپ سگریٹ ڈبی تلان۔ امہِ اَندرِہ سگریٹ
کڈان تہٕ زالان۔ سورُے اَمِنس اندر وُچھِ وُچھِ۔

غلامہ اوس یہ سورُے ژرژان رودان تہٕ نیٚتھے دوستہ غوٚفرُ وُٹھن

کوٚو کرِتھ ہوا ہس منز اَنہٕ اَندری موتی اوس لایان تہٕ زیٖبہٕ کاٗنی جل جل تمہٕ بتھ لب اَس داران۔ غلامہ اوس کلہ لوٚن کنۍ تراوِتھ کٔنی اَمِس کُن وۄنان:

"دوستا دِکھ ناسا پاٗنتہٕ، قہوہ پیالا کرہ ہوٚ!"

"رٕوٗٹ۔" دوستہ غوٚفرُ اوس اَمِس کُن وُچھتھی جواب دِوان۔ تس اوس یہٕ امہٕ وِزِہ بڈہ تھوٚتھ گژھان۔ "کڈُو پانئے چندہ منزہ۔" یہٕ وَنان وَنان اوس زیٖبہٕ کانہٕ ہٕندِس اتھہٕ بتھ دارِنس پیٹھ سُہ حال لیوان زہ کُنِس خدایس چھہٕ خبر۔

غلامہ اوس وٕہبس کُن اِشارہ کران تہٕ سُہ اوس حسب الحکم دوستہ ہٕندِس سدرِ چندس وسان، یُس لبہِ سیتۍ کٕلِس پیٹھ اویزان اَس آسان۔ غلامن اَمِس دوستہ غوٚفرس یہٕ آزمائِش زیٗنہِ تُلٕمِتھ۔ سُہ اوس اَمِس تمہِ وِزِہ گردنہٕ پیٹھ لتھ تھوان۔ یمہٕ وِزِہ اَتھہٕ آہِ کرہ نس وار تہٕ اوس نہٕ آسان۔ بینہِ اَس تس پانس تہٕ داٗنج مُژرِنہٕ آمژ آسان۔

دوستہ غوٚفرنس اتھ حال یِنس پیٹھ اَسی زیٖبہٕ کانہٕ تہٕ اُسی اُسی ہُلی پھٕٹان تہٕ سوہ اَس اُتھی سیتۍ اندر اژان۔ تہِ ہٕندِ گژھنہٕ پتہٕ اوس دوستہ غوٚفر بینہِ بھاٗیی تلان تہٕ گنگہ رازٕے کران کران کاٗم کرنہِ لگان۔ امہِ وِزِہ اَسی تہِ ہٕندی ہتھیار تِہنزی تیز تیز پکان زہ ژاٹہٕ باٗجہِ اَسی ششدر رُوزِتھ گژھان۔

---

اکہِ دوہہٕ اُسی دوستہ غوٚفرُ تہٕ تہِ ہٕندی ژاٹہٕ باٗجہٕ کارخانس منز ڈٕہکی باٗتھی کاٗم کران۔ غلامہ اوس زیٖبہٕ کانہٕ ہٕندِس زیرِنس ژرژان تہٕ دوستہ غوٚفر

اوس غلامہ نہٕ ژینہ دِنی پٲراران۔ مگر ییٚلہٕ نٔزیبہ کانٛہہ ہنٛدٕ نیرنگ وقت تہٕ
ڈٔول تہٕ غلامن کانٛہہ تہٕ ترژھ ژینہ دِنی دِژِس نہٕ، دوستہ غوٗفرس ہیوتُن دِل
ہیوٗراوُن۔ اُمو اوس وانہ مۆنڈِس پیٹھ سِنگار ڈٔبہ کامہٕ رٔوٹمُت تہٕ اَتھ
اوسُن تیُتھ طرح ووہٕ تلومُت زِہ اِنسانٕ سُند دِماغ اوس چکر کھیوان۔ اُمس
ہیٚژن دِیچ دُبرانہٕ تیزٕ نی تہٕ رنگہ رنگہ وہمہ لگِس دِلکِس کونن زالی دِنہٕ۔
یہٕ اوس اُتی نی سونچان زِہ خبر بدخاہن بیٚار وٚیار ماچھہٕ پیٚہ۔ مگر سستی اوس
ونان زِہ خدا ہہٕ کرِن گگہ رنگ سازن ماچھِنس کونٛس کینٛہہ تہٕ ڈالانس پیٹھ
نیرنس کونٛس ٹھاک۔ یُت یُت وقت ژیرہ اوس لگان، تیوٗت تیوٗت
اُسو اُمس اَتھہ ڈلان۔ پیٚہ وُتھرن لٔٹہ ژھینان تہٕ دِچھہ گرٕنن پھٲلی پھٹان۔

غلامس تہٕ اُس ہینس پانس کیاہ تام کمی ہشی باسان۔ تس اُس نہٕ
تھوک چیچہ چیچہ تہٕ ٹیٹھ ہوٗران۔ اکہٕ پھِرہ گیہٕ تس ڈالان کہٕ طرف ظاہر کنہ
جانا وارہ سٕنزِہ دٕ پھیچ ژھلے۔ تس ژٔول اَڈہ لیٖھ گیہٕ نیرِتھ:

"دوستا اَے۔"

آسۍ وُ۔۔۔ "دوستہ غوٗفری تہٕ ہیٚژ اس اُنس کنُن نظر تُلِتھ عادتہ تہٕ
ہوٗ جب جواب دِیُن۔ مگر اَتہٕ ییٚلہٕ نہٕ اُنس منٛز زیٖبہ کانٛہہ ہنٛز شکل نظرِہ گیہٕس
اُمو تہٕ اُدٕ ٹھائی پھیر تہٕ ڈٔیکس اَتھہ دِتھ وچھُن اُچھی زان آس گیوٗر۔ غلامہ
گٔو پیٚنہٕ شایہ شرمندہ۔ مگر کتھ اُمس نیرِتھ ژُج مٔژ۔

امہٕ پتہٕ ڈٔیمہ دوہ اوس جمعہ تہٕ کارخانس اُس چھٹی۔ سہ دوہ گُزٕرِت
ییٚلہٕ بٔڑوارہٕ صُبحس غلامہ تہٕ وہیبہ خوش خوش حال پانٛھٹھو کارخانس منٛز کامہٕ

داٗتی، یِمن زن بچھے یِہ دروازہ اَتہٕ وُنے گُنس۔ تِتھے کِنہٕ گیکھ دوستہ
غوفرس دُچھت زنگہٕ رُوزِتھ۔ یِمہٕ دُچھ دوستہ غوفُر بیٹھِتھ عرق چھینہٕ پھوس
دِتھ تہٕ پھیرِ نہٕ زُٹ لاگِتھ وانہٕ ہوٚنڈِس پیٹھ موٚٹ دروٚٹ کاٗم کران۔ اَدٕ اَسِندِس
بُتھِس اوس سہٕ بوم پشیان، زنتہ اَندی ٹِکیک پربتھ کانہہٕ چیز کھینہٕ اوسُس
یوان۔ غلامہ تہٕ وہبہ لگۍ اَچھو سیتی اَکھ اَکِس پرٚنژھ گاٗر کرنہٕ۔ مگر دوہ موٚے
گیہٕ کلۍ تہٕ کانہہٕ کتھا، ہیکھۍ نہٕ سمجھتھ۔ یِم ژ اَیہٕ اندر تہٕ دوستس سلام کرِتھ
بیٹھی کامہٕ۔

غلامہ تہٕ وہبہ بیٹھۍ کامہٕ مگر اَندری کنۍ لگۍ پننہٕ پننہٕ شایہٕ سوچنہٕ زِ دوستس
کیاہ زِ چھ کھونکھن بنبر درامژ تہٕ بُتھ الونڈ گومُت۔ یِمن اَسۍ دوستس سیتی
پنژ چال تہٕ ڈلانہٕ باسان۔ یِم اَسۍ دوستہ سندِس بُتھِس، اَکھ چھ تلہٕ ترٛاوِہ
تہٕ اَچھ ٹُٹہٕ وہرن اندر کیاہ تام ژھاران زِ اَتھۍ اندر بیٹھِ غلامس گلہٕ رنگ
ساژن کُن نظر۔ اَمِس آو مکانہٕ کِرِ ژوُرح ژکا تہٕ تلہٕ بدلی کیاہ تام مُشک۔ اَمۍ
وُچھ امہٕ پورہ چھ ساریٖ دارہٕ بند، پھِرِ نہٕ اوٚنت تام ژانہہٕ تہٕ بند آسہٕ آسان۔
اَمِس زن وٚن ماجہٕ دِوژ زِ گلہٕ رنگ ساژٕ چھِہ یِہ مکانہٕ ترٛاوِتھ بیٹھِ کوٚت
تام وانِج دارِس لسنہٕ گامتۍ۔ اَمۍ ترٛاو اَدرہٕ پھِرِت یکدم لیہٕ کُن نظر۔
اتہٕ وُچھُن نہٕ اَژ کینہہٕ تہٕ اَدیژان۔ اَمِس ژوٚل بۓ وایہٕ نیرِتھ——

" دوستا اَژ ۔۔۔ کُے "

" پھٹ۔ " دوستہ غوفُری دِتس تِتھ کِنہٕ جواب، زنتہ کرالہ دانس اندر
کاٗنِسہ بیگرُ بانہٕ وُدِے ! ——————

# پۆت کٲل

(۱۹۵۶ء)

امہِ دوہہ دِگرہ پٮ۪ٹھے اُس راجہ بٔے سوکھ ہیش - آدے اُسس نہ بسترس منز اُتھِ کھتہ تہٕ نِندرٕ پوان - یہِ اُس لرِہ پھِرنس پٮ۪ٹھ لرِہ پھِرن دِوان، حالانکہ اَمنز بُڈہ ہیش اُس اپاری مِس کمرس اندر کٔرتھ کھ کٹان یہِ نہٕ سوہ نہٕ ژھہہ تہٕ زانہٕ ہیے - تہٕ کیازِہ تس اُس سبھٹاہ لۆژ نِندرٕ - بلکہِ سوہ اُس ونان زِہ جوانی منز نے ژِرہٕ آسہا دوہ کھان، انز آسہَم بُڈہ اُڈجن سرٕ ہیہ رُودمُت - سوہ اُس رائتی راتس اَڈہ ہُشارِی آسان تہٕ بیتھے کھوکر صُبحچ بانگ اوس دِوان، سوہ اُس آنگنس منز دِسِتھ سرانہ کُٹھِس اندر اَتھہ بُتھ چھلان - توٕہ پتہ گاش پھولہ وُن تام وُزہ داسس پٮ۪ٹھ بِہِتھ خُدایس منگہ منگ کران -

"یا اللہ، پننِہ رائچھہ تہ رفاقت کرُم - ژٕ ی چھہَم تہٕ ژٕہی آسہَم!

بڈِہ خدایہ، میہٕ چھے چأنی سَتھ۔ شُکر تہٕ ثنا۔ یِم تھاوٕک وارِہ وترٕ۔ کُلِ جہان کین لوٗکن سان۔ یہُند بہار ہاوُم۔ نبیؐ صابنہٕ پاسہ۔ یِتھہ پأٹھو دِتھتھم، تِتھہ پأٹھو رٕچھو زِکھ!"

مگر امہِ وِزِہ اُس تس نِندرِ تہٕ راجہ اُس بِسترس منز لِکھنہٕ دِنان اُمِس اُسی نوٗ دُری نیتھر کرٕنۍ مِتِس گأمتۍ تہٕ ڈُمب اوسُس نٕزِ اکھ تہٕ لوٗگمُت۔

پریتھہ زنانہٕ ہُندی پأٹھۍ اوس راجس تہٕ شُرِ نہٕ تٕہُنگ اَندری آمہٕ تاو۔ مگر خدایس ماچھُ کانہہٕ لوٗرِ ہیتھ کھوٗتمُت۔ اگرچہ ہَتھ اُمِس اتی کُنہِ وِزِہ دِل رٕچھنہٕ موکھ دِنان ـــــــ

"ژٕہ کیتھی شُرِ شُرِہ کران۔ وُنہِ ہے چھےٗ پانس اُسَس دود لور۔ ژٕیہٕ چھےَ وُنہٕ دأنسی دأنس۔ شُرِ وداٗسے روزکھا نتہٕ۔"

مگر راجس اوس امہِ سیتی بیٚیہ ہِن کرٕدل دوٗکھان۔ اُمِس اوسُس دوٗنٕوٚ تسلا ہیوٗ گوٚمُت۔ اگرچہ اَہندی خانہ دارن اُس نہٕ وُنہٕ تہٕ آش ترأومٕژ۔ امہِ دوہہ تہٕ اوس شرکس تام پیرِس نِشہ شُرِی راش منگنہٕ گوٚمُت۔ اُمِس پیرہ سُند نیب اوسُس ہمسایہ گامکی کُنہِ تام رِشتہ دارن دِتمُت۔ خاوندس نِشہٕ اُمِس پیرہ سُنزہ نٕنہٕ کرأنۍ بوٗزِتھ اُس راجہ دُکلہِ ہِش گأمٕژ۔ اُتھی اُس سوٗنچان ـــ تُنہ کیاہ اَنِدیوم پیر

فقیر کرِتھ تہٕ دوٕنی اَندیم۔ مگر اُتی پٕی اُس دپان، خبر چھا، بعضے چھہٕ سُرہ فلہٕ بلایہٕ ژلان۔ یِکہٕ اُہندی دُعایہٕ خاطرٕ خُدایِن میاٲنی وَدٕ وَد قبوٗل کھاو۔

راجس ییٚلہٕ نہٕ ہرگز تہٕ نِندٕر آیہٕ، یِکہٕ بے قرارٕی ہُرے ییٚن، یہ رُوز بِسترس منٛز لبہٕ سیٚتھ ڈٲکھ دِتھ۔ امہٕ ترٲو ساریٕ سی کُٹھِس، طاقچن، تالوَس، لیکن تہٕ امہٕ پتہٕ دروازس گردن پھیرِ پھیرِ نظر۔ دروازہ اوس اَپارٕ مِس کُٹھِس اندر کھُلان (یَتہٕ اَسنہٕ ہَش شوٗنگِتھ اُس) تہٕ کیاژھ اسُند کُٹھ اوس اُندریم کُٹھ۔ یُژ کال رُوز یہ اتھ درواز نَزنہٕ شانہٕ پَتہٕ میٖنان۔ اوہ پھیرِتھ ترٲوِن بیٚیہٕ دارِہ کُن نظر۔ یہ وُژھ دارِہ دارِہ بِسترہ منٛزہ کھوٚد تہٕ گیہٕ اتھ دارِہ کُن۔ اتہٕ لٔج بوٗن کُن کلہ ترٲوِتھ آنگنس کُن کیاہ تام وُچھنہٕ۔ سبٹھاہ سُنٛز سُنٛز تہٕ سُونٛچ سُونٛچ۔ امہٕ پتہٕ دِژِن بیٚیہٕ دروازس کُن نظر تہٕ اُتھو سیٚتھ کرِن دارِہ ہٕنٛدِس داسس کھٔف تہٕ پان بوٗن ترٲوِتھ لٔج آنگنس اندر وُسنہٕ۔ سبٹھاہ مُشکلن واتٕ یہ یِد وَسے تِدوَسے اَتھ کھورٕ کھٔڈیکہ ساوان آنگنس منٛز۔ اوٚت واتِتھ ترٲوِن بیٚیہٕ اَتھ دارِہ کُن بوٗنہٕ بیٚٹھہٕ ہیٚورتام نظر۔ نَزنہ پَژھ اُسس نہٕ یِوان زِہ بہٕ ہیٚچ سا سُرہ سوٗیوٗتھ آنگنس منٛز واتِتھ۔ حالاں کہ داٲرٕ کینٛہہ تیژ دُور

آسن ژ۔

امہ مُژراَد لو ترِ لو ترِ آنگنج برَن تہٕ تیز تیز ہیتنِ قدم تُلنۍ۔ رژھ کھو ترِ رژھِ تیز۔ برنژہ پتہ برنژہ وُژھ۔ یہ اُس مُنزی وِدران، منزی وُدمہ پکان تہٕ مُنزی کھشہ راہہ بوزِتھ یک دم دُوزتھ گژھان تہٕ پوٚت نظر دِوان۔ اُمس اُسی قدمس پتھ ہشہ ہندِ پتہ دورِ نکہ یمہ اُنتی گژھان۔ حالاں کہ اُمس اوس نہ یمہِ پوٚت نظر دِ سیتی کینہہ ترِ دِ ژینٹھی یوان۔ تہٕ کیازِ انہٕ گژھ اُس ترِژھ زِ ژھنس اکس اوس نہ کھوٚر اَتھہ لبنہ یوان۔ وُنہِ اوس زُونہِ کھنس تام ڈوٚڑ گانٹہ باقی۔

امہ رُٹ زِ پیٹھ وَتھ۔ سڑکہ سڑکہ۔ ژھوٚٹ وَتھ اُس کھھو مُنزی نیران، یو سہ ہچی گجر آسنہٕ کنہٕ امہ وِزہ ژینٹھی پیہ ہس ہنہٕ۔ صرف لگہ ہنس دَب تہٕ کھوٚندری اُتی۔ اُمس شہ اوس کانہہ خوف باسان تہٕ شہ اوسس یانس اُندی نکہ شوٗنی شِنیا ہکُ یحساس سیدان اسند ی کن اُسی راتہ موغل تہٕ شالہ وُنگن زُری گامتی۔ تہٕ کیازِ اسندِ بدنک اکھ اکھ انگ اوس پکنچہ تلہٕ ترِ اوِہ لوٚگمت۔ تیز تیز تہٕ وُژھ وُژھ، یتھ نہٕ کانہہ اوزہ یتھ گھرہ واپس پکنس پیٹھ مجبور کریس۔

یہ گیہِ پکان ــــ پکان، یوٚت تام اُمس دُری یاد پچ ہوہ ہہ رازے

کنَن گیہٕ ۔ یہٕ آس وُڈٕج یوٚسہ سونتس اندر ہیٚکو یاٗٹھی گرنہٕ اں چھہ آساں ۔ وُڈٕجہٕ ہنزٕ امہٕ آب ٹھسرایہٕ سیتی توڑ اُمس فکرٕ زِ امہٕ چھہ پانژہ میل ہیٚتھ کُن ترٲوی ہتھ تہٕ دوٕ نی چھُس اکوئے میل یکُن باقی — " اکوئے میل " امہٕ ہیوٚت گوڈنچہٕ لٹہٕ سوچُن ، " بس اکوئے میل ، بلکہ وُڈٕج تۄرِ تھ نہ سہ تہٕ پوٗرہ ۔ "

پیتس کالس ہیوٚت ژُونہٕ تہٕ کھسُن تہٕ یُہ وِزہ امہٕ وُڈٕج ترٕ تھ یہٕ باقی اڈ میل تہٕ کوٚڈ ، ژُون اُمس داریاہ نیزٕ ہیوٚر کھژمژ تہٕ ژوٕ پاڑ اوس دوٕ نی گاشہٕ مَندِیُن ہیوٗ گوٚمُت ۔ یہٕ اُس پننس مالنہٕ گامس نِشہ واتژمژ ۔

راجس گیہٕ اتہٕ سٹر کھو دری کینہٕ اکھ چھہ یہٕ ہَن نظرٕ ، یوٚسہ ژُونہٕ گاشس اندر سیماہ کہٕ یاٗٹھی ہیچہٕ اُس کران ۔ اُمس باسینہٕ سخ ترِیش لَجہٕ مژ ترٲیشی اُژ ہٕ بلکہ دوٚدہٕ سہ دٔ تھمُت ۔ امہٕ پھر وُٹھن پیٹھ زیو تہٕ پیتھر بہتھ لَجہٕ اتھ چھہ یہٕ پیٹھ ترٲیش چینہٕ ۔ اکھ دوٕ ژھ ، ژٕ دوٕ ژھ ، ترٕ یہٕ دوٕ ژھ ۔ یہٕ گیہٕ حیوان ژن نہ وُمبرٕ زِ نہٕ تہٕ آیک بُتھ ادُسن وُچھمُت ۔
" کوتاہ میوٗٹھ چھہ یہٕ میانہٕ مالِنیک آب ! " امہٕ سوٗنچ ۔ " یہے ادسہ ہم از نوَن ورٕ یَن ہُندٕ وُچھُن تہٕ چوٚن بند کوٚرمُت ۔ میہٕ کیہو کوٚر وہٕ تہٕ کینہٕ ہی ہٕ ۔ توٚسہ گوٚوٕ میانین مالنین سیتی میانہٕ سنتہٕ راٗژ پیٹھے فسادٕ ۔

تہٕ سہٕ کھوٚتا میٚہ تقصیر۔ زٕنٛہہ تہٕ دِیت وَم نہٕ، یمیٚن نوٚن وُڑی ین ماٚلِس
ماجہِ ہُند بُتھ وُچھنہٕ۔ گھرٕ نیبر قدم کڈِتھ نہٕ۔ شیٚیہٕ میٖل بناو وَم شیٚیہ
ہَتھہٕ کرٛوٚہ۔ مگر وۄنی کیاہ گژھہ نہٕ بہٕ داٚرِیو زٕنٛہہ تہٕ۔ میٚہ چھا بب
موج موٗدمُت کینٛہہ۔ میانہِ کوہ لِہ چھا تیوٚت آب ہوٚکھمُت۔۔" اُمِس
ییو بیٚنیہِ آبُک طوفان تہٕ بینیہِ اکھ دوہ ژھانیَن چیٚتھ۔ اَمہِ پتہٕ دِتُن
بُتھِس آبہٕ تھمُبا داٚرِتھ۔۔" لَچھ سیا مالِنکہ آبا۔۔ واٚرِنج ماشُہلے یم۔"
یہٕ وُنِتھ وُژھ کھوٚد تہٕ دراو گامس کُن۔

یہٕ اُس وُچھیٚن کھوورِی حاٚرانی تہٕ خوشی ہُنٛزٕ رَلہ مِلہ نظرٕ ترادان
زِیٚٹھ زِیٚٹھ شہہ کھالان۔ اُمِس آسہ اَتہِ کِس زمیٖنہِ مُشکِنہٕ دارہ یِوان۔ یِتھے
یہٕ گامس نزدیک واٚت، اُمِس پیٚییہِ اکِہ مکانچہِ کھوٚچہِ پیٚٹھہ نظر، یوہ سہ
اُکِس ٹلینگس پیٚٹھہ زَنتہ وۄدنہٕ وُنیٚتھ گامس پہرٕ اُس دِوان۔

"ہٕہ کیاہ گیہٕ فرشتہٕ ماسہِ ہُنٛز جاے۔۔" امہِ سوٗنٛچ "میانہِ مالِنہٕ
گاٚمِچ ڈٕریڈی۔" اُمِس ہیٚتِنہٕ اَندری اَندری اَسُن گژھنہٕ۔ سِنیما
رِیلہِ ہُندی پاٚٹھی ہیٚوتنس اَتیکُ اکھ اکھ انسان تہٕ تِمَن اِنسانن اندر
پیٚنہِ گُذرومُت لوکچار تہٕ اَنھوریان برٛونٛہہ کُن ین۔

" فرشتہ ماٚسی، فرشتہ ماٚسی۔ ژوٚپ ہیٚے چھےٚ چھتیومُت۔ "

" ہِش ژیٚہ ماجہ کرٛن ماٚلِس سیٚتی۔ یہٕ چھےٚ چھتیومُت۔ یہٕ ہیٚے چھم

اُڈ گرد بیٹھ مژ۔"

فرحنہ ماس۔ شیٖنہ نزدیک وٲتِس۔ گاٹج نافی مگرو نان اُسِس ماس۔ قبر اُسی نس شہج۔ شژ بن سیتی شژ تہ بڈین سیتی بڈ۔ سو زن بوزِہ ہے کانہِ دِوہن باٗزن گیہِ پانہ واُتی مژ گری، کالہِ کالے کرہ ناوِ ہکھ پانہ واُنی صلح۔ ووہ ہہ بمبر وزِہ میہ نیتھر کوٗرکھ، سو اُس بیمار تہ سیتی موہ یہ۔ نتہ آسِہا میانین مالِنین تہ وأری وہن پانہ واُنی یہ فسادہ رُدومُت۔ تمہ آسہ نہ کیتھے۔" امہِ سوٗنچ۔

فرحنہ ماسہِ ہنز یہ پھوٗٹ نظرہ گژھت لُج نہ گاٹجین جاین ترونگ کرِتھ اُمس بروٗنٹھ کنی ینِس تار۔ کیتھ خوش یوٗن نظارہ اوس یہ اُمس کیتھ۔ امہِ ترٗو زیوٗٹھ ووشِ ۔۔۔ "ووہ ہہ اگر میہ تیز بڈ کوم آسِہے یمہ ساریٗ جایہ تہ پہرِہ رَٹِہ ہکھ نالہِ متہ۔" امہِ کوٗر طمع تہ اُتھی سیتی وچھِنز سو برونٹھِم یدی وتی موکلیمژ تہ تمہِ بدلہ اور لاری سڑک آمژ۔ یہ راٗو۔ اُمس توٗگ نہ بوزنے یپأری یہ سڑک بننہ چھہ تیأری کمہِ سیوٗد کیاہ اوس۔

"ہتہ نتھ اُس زمہ ہا میز وأر۔" امہِ سوٗنچ "مگر نہ، امہِ سیوٗد اُس نہ۔ سو اُس یمہ سیوٗد۔ ہہ ڈوٗنی گل ہے وینہ تہ نشانہ چھُس موجوٗد۔ اتھ ڈوٗنی گلِس کاتیا مدھری یہ گوٗلی اُس آسان۔ بہ آسِس

یڈان مگر یہ چھُ وُنِہ تہِ تھے دلو ہیوٗ اِستادہ۔

"زٕنہ ماما تلا ہاکہ موٕنجہ ہَن اکھ دِتہٕ"

"کیاہَے زِہ گیٖن چھہٕ کھےَ؟"

"دوٕنی کیٖہہ گوَ، زٕنہ مام ہےَ چھک۔"

"یہےَ زٕنہ مام گژِھہ یتھ ساڑی ہِسی وارِہ دوٕہہ اکِہ۔ ہَتہ بی دِس!"

"کسو؟"

"اُمی ہِسی ہہَ بی ہنِس نفرٕ کرِس گیٖنس، یمہٕ دوہ ٹھ کڈی۔"

اَدہ یہٕ ہِی پاٹھو چھُنہٕ یمہٕ سٹرکہِ تمہٕ وارِہ ہُند نیب لِشانےَ کنہِ تھوومُت۔ بچارہ زٕنہ مام۔ ذٕہ شرُی یمہٕ ہنَس، اَدہ ذٕہ ہاکہ موٕنجہ ژٕل ہنَس ہیتھ۔ بچارس ہاہِہ کالس گیاہکھ ہاکہ موٕنجہ تہٕ اَلہِ کھبنہِ تہ وُندہ وندس لرازہ ہہ تہٕ منٹھٕ۔"

لاری سٹرکہِ پیٹھہ برونٹھ یہَن کیتھ پھیرِ یہ دُچھُن کنُ تہ گوڈنچہ لٹِہ ترونُن نوِہ دُہری گامس اندر کھور۔ "اَما یہِ کہنز جاے چھےَ؟" یہ رلج اکھ ہیٖرہ لوٗنہ دُچھنِہ ـــ دُپور، ڈب تہ اُوِتھ؟" اتِہ تس اُمس نا ہمدردی سٹُرنی گاٹنی وائد یہٕر۔ لوٗت چھا دوٕنی یمہٕ زٕو کوٗرمُت۔"

"صمدیا، کیٖہہ چھک سوٗال؟"

"کیاہ چھُس سوٗال۔ لُوکن کیتھ سٹر تہٕ پانس کیٖتھ کفنہ۔"

دَجہِ ترٕہ سیتی عانٛک جایہِ تہٕ ادس صُبحہ شام مشینہِ کھڑکھڑ کران

آسان، تہٕ پانٕنی پانٔس سیتی گبدان ــــــــ

بے دردہ دادِہ چانہِ سۄر ہو سپدان

سو مے ئے مُنٛڈیو میانہِ یارو وے

راجہِ اُس اَندۍ پکھی نظرہ دِوان تہٕ پننۍ لو کچار یاد کرِتھ کرٕتھ

دوشلان۔ یاد کیاہ اُس کران، سہٕ اوٚسُس پانے برونٛٹھ کُن یِوان۔

اُمس اوس دِلس گژھان زِ دُنی پھیرہٕ سأری سی گامس برونٛہِم

باٹھو، اکِہ سرونگرِ بیٚیس سرونگہِ، اکِہ آنگنہِ بیٚیس آنگنس۔ خبر پھیرِ

ہے ترِ ما، اگر نہٕ اُمِس ماجہ بُتھہ وچھنچ کشش تہٕ بے قراری تیز

تیز پکنس پیٹھ مجبور آسہٕہس نہٕ کران۔ یہِ گیہِ امہِ سرونگرِ تہٕ ترایہ

دوٚیمہِ سرونگرِ، تیتہٕ درایہ تہٕ واتٕ ترٕیمہِ اندر۔ یوٚت تام یہِ تتھ سرونگرِ

منٛز واتٕ یمہِ کِس نوکس پیٹھ اسِنز مالِنز جاے اُس یِوان۔ اُمس

ہیوٚتُن اوٚت نتھ واتِتھ واتِنجہِ ہُند دُب تیزُن۔ خوشی سیتی پُھلجس

شہس کھمَن تہٕ ڈیکس پھوٚٹُس گمہ ہیو ــــ "پننٕہِ مالِنہِ جاے، پننُے

مول موج"۔ اُمس آو اَچھن اندر اوٚش ہیو تہٕ قدمن اندر سپدُس اکھ

سکوٗن تہٕ ٹھہراد ہیو پادہ۔ یہِ رُکیو تہٕ آسمانس کُن کلہ تُلِتھ ترٛاوُن

پہے شُکرانچ ہِش نظر۔ "شُکر تہٕ ثنا مالِکس۔ شراہ[۱۲] وُرِش ڈولِہ

## ۲۵

کھسِت وچھ از پنشرہ ؤرِش پننہِ مالِنہ جایہ ہُند بتھ۔ بینیس مالِس ماجہ ہند روی۔" امہِ سنبھول پان تہ ترٛوٹھن شہ موڈ یتہِ پلیھہ اسنزہ مالِنہ جایہِ ہیٚرہ لوٗن نظر اُس پیوان۔ گمراتہ وچھن اکھ نوٗ مکانہ لدنہ آمت، یمہ اسنزہ مالِنہ جایہِ بتھدِہ دیوارِکی پاٗٹھی ٹھوٚر اوس کورمت۔

"یہ کرِ ژھ سناجاے چھیہ؟" یہ گییہ حاٗرانہ۔ "یہ چھہ نوٗ نوٗری لدنہ آمژ۔ یتہ نتھ اوس نا رحمہ وارِنہ ہُند کوٹھہ۔ پندرہ دوس دِتھ تہ پلیھہ پنہ باٹھہ سبتھ دِتھ۔" یہ لگ اَتھ جایہ پھری پھری وچھنہ تہ اُتھی سیتی آس رحمہ وارِنہ ہُند خیال۔ کوٗب گٚڈِتھ تہ لِنو لودہ ہن ڈکھوِتھ پکان۔

"رحمہ دیدی، اَدہ مرِکھ نے تِہ وُنہ؟"

"کرِ مییے اَتھ واٹھہ لچھ نہ اُلی واتھ۔ وُنہ ہے چھم چانِس نیچوِس نان ژٹنہ، اَدہ مرُن۔"

یہ خیال پیتھی آو راجس یک لخت دِماغس اندر اکھ زبردست ٹھہراو۔ بتھ گوس کپسہِ پوش ہیوٗ تہ اُچھہ لجس لوٗن کُن زمینس پلیھہ درہ۔ "میٚرِ تے کینہہ زامُت آسہے۔" اُمِس پیو ظلوان۔ "مگر—— مگر، بلکہ اُزچ لبہ ٹہ خدا ے ڈوٹھ ہم۔ پیرہ شُند دُعایہ خاطرٕ سیوٗد گژھہ ہم تتھ پیٚلہ یگاہ شہ وایس گھرہ واتہ تہ میٚرٕ وچھہ ژجو مژ——"

اَمہِ تجُہ بیٚیہِ اَتھہ مکانس کُن نظر۔ وٲنجہ ونُتھس جلوٗنہٕ ہیوٗ، ساٗری سی
پانَس پھوٗٹُس عَرَق تہٕ دُچھنہٕ کھوورِی اکھ، زِہ تہٕ ترِیٚہ نظرہ وُلی وُلی
ترٲوِتھ پھیر پَتھ تہٕ یمہِ قدمہِ مالِنہٕ گامس منز ژامژ ٲس، تمی قدمہ
دٕرایہِ بیٚیہِ واپس۔ بلکہِ تمہِ کھوتہ تہٕ تیز۔

شیٚیہ میل واپس ژھنڈِتھ بیٚلہِ امہِ پننِس وٲرِیو آنگنس منز
کھورٕ ژون، کوکرَن ٲس گوڈنِچ بانگ دِژمٕژ۔ اُہنزہ ہشہ مژٕرِ دو
ژاکھرِ کرِتھ وُزِک دروازہ تہٕ یہِ رُوز کُچھہِ ژھایہِ ژُورِہ۔ اُہنزہ ہَشہ
بیٚلہِ بَبرِنہٕ کُن نظر پییہِ تہٕ سوہ وُچھنہٕ یلے۔ یہِ وُژھ یأفی پانَس کُن—
"یہِ لوٗش تہٕ پییہِ میٚیہ شُرٕے۔ بَبرنہِ چھَن نہٕ کالہ ہانکل تہٕ دِژمٕژ۔ تو تہٕ
ژایہِ نہٕ ژُور—"
امہِ دِژ بَرَن تہٕ ژایہِ سُرانہ کُٹھِس اندر اَتھہ ہُتھ چھلنہٕ۔ راجہِ کُھر
رٲژہِ رٲژہِ سیدہِ بَرہ ہیوٗرہ۔ یہِ ٲس ٹھکِت تہٕ ژھینِت ییمژ۔

---

# بیچھہ

(۱۹۶۱ء)

یہ زمانہ چھُہ بذاتی بیچھہِ تہٕ موکُر۔ تِتھے موکُر ییتہ ڈاکٹر اشرفس موغل اُس بوزنہٕ یوان۔

موغل اُس اکھ بیچھہ وِنی نوجوان کوٗر۔ یہ اُس نہٕ خوش شکل اماپوز خوش یِونی اُس ضرور۔ اُمس اوس ساری سی بدنس تیتھہِ کنہ مَلس پیٹھ مَل کھوتمُت، یتھہِ پاٹھی یِیانہٕ کجہ دِلس پیٹھ دبل چھُو آسان۔ ییلہِ یہ ترٛین دوہن سٕنزہ صابنہٕ بان چھلِہ ہے، اَدٕ اَسے کانٛسِہ مُہذّب اِنسانس نکھہ ہیکہِ ہے بِہِتھ۔ اَدے اوس اُمس ڈاکٹر اشرف تہٕ پونڈ کھنڈ پلہ نأوِتھ اکٕر وِنان—

"سیٚھے' اِدہ دِتے نا زِیہٕ کِنہ تہٕ تلکن آب۔ کأژاہ کرِ چھک ژٕہ!"

موغل اُس اَہنزہ اَتھ نصیحژ اکس بیچھہ سِندی پاٹھی وُٹھ کو مجاراہ کرِتھ ٹالان۔ بلکہِ یہ اُس اَتھ تہٕ تِمنی ناشایانہٕ ٹھٹھن سیتو مجرا نوان، یِم یہ ٹانگہ والین تہٕ سِوحدہٕ راندٕرین نِشہ بوزان اُس

روزان۔ شاید امہِ کینژ زِہ اَکِس بیچہِ سُند دِماغ تہٕ چھُہ نٕ بیچھے آسان۔
تتھ چھُنہٕ صفائی تہٕ گندگی، نصیحژ تہٕ فضیحژ یا تمیزس تہٕ بدتمیزی اندر
کانہہ خاص فرق باسان۔ یا کیاہ خبر اَمس ما اوس ڈاکٹر اشرف تہٕ تمِہنی
کمزورین ہُند شکار باسان، یِم اَکِس عام جوانس آسان چھِہ۔ تہٕ کیازِہ
امہِ اَسہِ زِندگی اندر زِہ تجربہٕ کرِیہِ متہِ۔ سُہ شخژ یُس اَمس کُن اَچھ
تُلنہ ورائی کینژھا دِیہِ ہے، سُہ گیُو سیوٗد تہٕ شریف۔ تہٕ یُس دُر
نظراہ ترأوِتھ تہٕ کانہہ کتھ پرٕژِتھ خاراتھ دِیہِ ہس، تسندِس دِلس
اندر اوس اکھ شونگِتھ شیطان کاڈکڈان باسان۔

اِنسانس یَیلہِ کانہہ دَوا پھِری تہٕ پھِری دِنہٕ ییہٕ، تَس چھُنہٕ پتہ
لاگن یا تہٕ سُہ دَوا تاثیری کران، نتہٕ چھُہ سُہ تمیک ترٔیتھ عادی سیدان
زِہ تمہٕ ورائی نہٕ چھُس بھتہ شریان تہٕ نہٕ چھُس قبض کھُلان۔ موٗغلہٕ
تہٕ اوس اکہِ حسابہٕ بی گومُت۔ ڈاکٹر اشرفن آس اَمس یہِ کتھ تیتہِ لٹہ
دُفہٕ ژ زِہ وونی اوس نہٕ تس اَتھ اندر کانہہ نوبہٕ تہٕ اثر باسان۔ بلکہ
ہرگاہ سُہ یہِ کتھ دِنہٕ ورائی پونڈ پلہِ ناوِہَس، خبر اَمس ما ژمرہی نہٕ
سُہ خاراتھ ہنِس مَنس۔ تہٕ کیازِہ اَمس اَسہِ ساری پنج گراکھ دِنہٕ۔ تَس
تالہِ کھارِتھ ڈبل پونسہٕ ہتھس لاین دارِس جتاب سنگھ نہٕ بیٹھہٕ۔ کیہہ
پھِک وناں۔ کرِکھے میٚہ سٚمتہٕ نیتھر۔" دُنتھ اکس پونڈس سٕیزراون

وائِس عزیز ٹانگس تام۔ ڈاکٹر اشرف تہٕ اوس اَمہٕ اُکھی گرٚینڈہٕ اندر
شُمار کَورمت۔

موغلٕ اُس ہوانہٕ پتہٕ وانہ تہٕ دفترہٕ پتہٕ دفترہٕ ہٹرٕہ ہٹرٕہ پھیران
آسان۔ ہسپتالس اندر تہٕ اُس اُمِس جُمعہ دوہہ وانٛچ واری واتان۔
اتہٕ اُس یہٕ ہُمِس یمِس بیمارس سیٹھہٕ ڈاکٹر اشرفس تہٕ سلاماہ کرِتھ پونڈ
کھنڈ ہیتھ ژلان۔ اُمِس اوس نہٕ اور ینہٕ کِس اَتھ جُمعس زٕ ہُہ تہٕ
پتہٕ برونہہ یا ناغہٕ سپدان۔ بلکہٕ مُیتھے جُمعہ اوس واتان، بیمار اُسی
اکھا اکس پانٕے پرٛژھن ہیوان زہٕ اما اَز چھہٕ موغلٕ غٲبی ہش۔ یہٕ کیاہ
سناہ؟ مگر موغلٕ اُس رَژھ سُلہٕ رَژھ ژیرہٕ ضرور واتان۔ اَلبتہٕ اکہٕ
دوہہ گیہ یہٕ پزی پأٹھی غٲب۔ تِژھ غٲب زہٕ کانٛسہ بیمارس یا ہسپتالہ
کِس کانٛسہ شخصس گیہ نہٕ یہٕ کُنہٕ جایہ تہٕ نظرہٕ۔

وارِیاہ کال گُژھت ییلہٕ اکہٕ دوہہ ژورہٕ بجہٕ ہسپتال بند
سپُد تہٕ ڈاکٹر اشرف لوٚگ سائیکلس کھسِتھ گرٕ نیرنہٕ، موغلٕ گیس
برونٛٹھ کُن پأدہٕ۔ عادتہٕ پأٹھی سلاماہ کرِتھ دوپُس امہٕ غارتس اَتھہٕ
تہٕ اُمی سندین تمن لفظن رٕچھ پرٛاوِنہٕ ——— "کیہہ آدہٕ دِتے ناژریٕ کُنہٕ
تہٕ نکن آب۔" مگر ڈاکٹر اشرف گوو یم لفظ ونہٕ بجایہٕ اُمس وٕچھت
حارِان تہٕ اُسہٕ وونہٕ وٕٹھ پرٛژھنس ——

"ژٕہ کیہہ دٕچھک از وار یاہ کٲژ۔ یہِ کوہ ہُند زاشرٲہ چھُت کھوٚتہٕ تمُت ؟"

"یہِ حصہٕ چھُم پتُن۔" موٚقلہِ نے یہِ اُچھ۔

"ادے آسہِ ہکہ ژٕہ پیترِس کاسِتھ غائب گٔژھِتھ۔"

"آں —" موٚقلہِ کوٚرُس نستہٕ سیتی آنکار۔

"مگر یہِ نیتھ کیاژٕ کوٚرمُتھ ژٕ یہِ؟ ییٚمہِ کیاہ چھےٚ رُون کران ؟"

ڈاکٹر اشرفن تھٕوٕ کوٹھہ کِس اندرِمِس چندس اتھہ۔

موٚقلہِ دِتُس نہٕ اتھہ سوالس کانہہ تہِ جواب۔ پھِرا لُج اُمہِ سندِس اندرِمِس چندس کُن تہِ کٔرن ژھٕنہِ، یتھہ پاٹھۍ اکہ ہوٗن پیٚچ دانس برٕونہہ کنہِ وٕچھ دُن چھہٕ رٕوزان۔ ڈاکٹر اشرفن کٔڈ لمان لمان دونوٚ تہِ پلہٕ ناوِن اُمِس کُن۔

"یہِ گیٚیہِ ژہٕ یہِ از دونوٚ۔ اُمِس نیچہِرس وُچھ دُنی۔ "اُمِس آو پاٹھۍ پلنے اتھہ پیٹھ اسِس۔ مگر سیتی وٕونُس — "اُمِس کیہہ پچھےٚ ناو کوٚرمُت ؟"

"مجہِ حصہٕ۔" موٚقلہِ وٕونُس دونوٚ رٹان رٹان۔

ڈاکٹر اشرفن لوٚم ٹاٹھنیارہٕ سان مجس نستہِ پیٚنتِس۔ موٚقل وونُنلےیہِ تہٕ پاٹھۍ پانس سیتۍ ستہٕ سوچنُن — کوتاہ محبتی چھہ یہِ ——

تام وِدیت نرس موٚہنی سائیکل سٹینڈہٕ منزہ پتُن سائیکل کڈان کڈان

ڈاکٹر اشرفس آلو ــــــ

"ٹھہرِو ڈاکٹر صاب، یکہ وَڑ نیرو۔"

موغل درایہ ہسپتال کُن بیمارن پننیٖ نرج ہیسہ تہ نرس موہنی

لِجٕ ڈاکٹر اشرفس پرٛژھنہِ ـــــــ

"یہ کیاہ چھہ از شراہ ہیہٕ ہیتھ آمٕژ؟"

"زامت چھس۔" ڈاکٹر اشرفن وَدُنس سائیکلس کھسان کھسان۔

"تہُندرِہ اَکھ؟" موہنی کورُس ٹھٹھہ۔

"بڈرٕ ہ بدذات چھک۔"

"نہ، تیتھے پاٹھی اُسی ئس نا سُرس ٹاٹھنیار کران۔ میٛہ دوپ

ہے ہے۔"

"تہ بیٖناہ۔ تہِہ رُوزِو بلا وَسوسہ۔" ڈاکٹر اشرفن تہِ کورُس

نکھہ وَدُتھ۔

"امہِ کیاَّرِ نیوٗ یہِ نیتھر کرِتھ؟" موہنی پرٛژھس لرِہ لوٚر

سائیکل چلادان چلادان۔

"ہاں!" ڈاکٹر اشرفس پیوٚ دَلیون۔ "ژےٚ یہٕ لوٚکُتھ میٛہ یاد ــ

میٛہ پرٛژھوٗ اُسس۔ امہِ وَدن نہٕ کانہہ تہ جواب۔ نتہٕ آسنا نیتھر

کوٗرمت۔ آسہس کانہِ ٹانگہ واٚلی خاطرٕ اَتس اندر پیٚشر ووٚمت۔"

"کیاہ چھوہ ونان، بلکہ نیتھری آسن کوٗرِمُت۔ بیٚیہ چھِنہٕ یہِ
ناکارہ باسان۔"

"ترِ چھُہ ٹھیک۔ مگر اَکِس بیچہٕ سُند اَوقات کوتاہ چھُہ آسان۔
پانٛژہ روپین نوٹ کرِس رتھہ پاٹھو اَس بند، زن ییٚس دارِہ کاغذ
وَرُق مرِنہٕ۔"

موہنی ژٔول اتھ تشبیہہ پیٹھ ٹھُہ ٹھُہ کرِتھ اُسن نیرِتھ۔

"ویل سیڈ۔" تمہِ وٚدُنس

ڈاکٹر اشرف اوس نوجوان تہٕ ژٕون پانٛژن وٕرین ہُند سرکٲری
ہسپتالس اندر ڈاکٹر لوٗگمُت۔ اُمِس اوس دولت جمع کرنک شوق خبطہٕ
کِس حدس تام ووتمُت۔ گھرِ کنہٕ اوس یہ موکلیومُت۔ ترِ کیاژہ مٲلِس
ماجہِ یہ کینژھاہ داش نداش اکہِ بیٚیہ رنگہ اوسُس تہٕ اوس تموَ
اُمرِ ہنزِ ژٲلیمہِ پیٹھ خرچ وومُت۔ اُمِس اُس یہ بتھ ساعتہٕ موٹرِ کی
مانٛزن کنن گژھان تہٕ اکہِ بشان دار کوچھ ہندی خاب اُچھن تل یوان۔
اُمِس اُسہٕ تیم ساری اِنسان تہٕ ننظرِ تل یم وُچھاٹی وُچھاٹی شہرکِس
ہیٚرِ کِس طبقس اندر شامِل سپدی۔ یتہٕ اوس اکہِ بلِس منز پیتھ د
رتھ پٹہٕ پان شُمار کرن یژھان۔ امہِ خاطرٕ اوس یہ جایز تہٕ ناجایز
پیتھ رنگہ یارہ پٹہٕنس تہٕ جمع کرنس کن لوگمُت

اکہ دوہ سُبحس اوس ڈاکٹر اشرف ڈوہس اکس ڈاکٹرس سیتھ
بیمارن مُلاحظہ کران تہٕ نُسخہٕ لیکھان ژِہ موغل تہٕ آیس یِنُن مِجہ
ہیتھ برونہہ کُن ——
"سلامالیکُم حضر۔"
"ژِہ کیتھے پاٹھو ازبۍ وَکھ آمژ ؟" ڈاکٹر اشرفن پرٛژھس
"یِمِس حضر گوڑُھم پنچِس ڈچھُن۔" امہٕ اوس یہ پرژِہ دِچہ
تل رٛوٹمُت۔
"اَمِس کیہہ چھے ؟"
"اَمِس حضر گامہ ژِہ ترٛیہ دوہ وَدان روزان !"
"وَدن گوڑٕ ھے ہٕ اَژِہ کیہہ گیوُن گوڑِھ یہ ؟" ڈاکٹر اشرفن اوس
ڈوہس ڈاکٹرس تہٕ کملے یہ وُڈ۔
"بیٛیہ حضر چھُس دوہ پھُٹہ پھُٹہ لوان۔"
"بہٕی سٹولس پیٹھ۔ ہاوُن یکُن۔"
موغلہٕ کوڈ مِجہ پرژِہ تل تہٕ رٛوٹن کھوہ ہٕ منز۔ ڈاکٹر اشرفن
ییٛلہ اسندی تل نکھ ڈیچھ، شہ ڈوتھ ڈوہس ڈاکٹرس کُن ——
"ڈاکٹر سی دِسس چایلڈ۔ ووٹ اے فایِن باڈی ہی ہیز
گاٹ !"

دۄیمِ ڈاکٹرن تراۄ عانکہٕ منزٕ مجس بغور نظر تہٕ کرِیانہٕ کُڈِتھ
ہیوٚ وۄننۍ ـــــــ

"آف کورس۔ ہی از ڈبل بلڈ۔"

ڈاکٹر اشرفن وُچھ مجس یُڈ وبڈ تہٕ نُسخہ لیکھت وۄنتھ موٗغلہِ کُن
"یم دِس دوا ہس شینہِ غوراک۔ کانٛہ کینٛہہ گژھہ بیٚنہِ ہاوُن۔"
موٗغلہِ رۄٹ نُسخہ تہٕ ہیٚژون نیرُن زہ ڈاکٹر اشرف وۄتھس بیٚیہِ۔
"ہیٚیے ژٕ یِنہٕ زن دِتے نہٕ کانٛسہِ نکن آب۔ اُمس کینٛہہ تہٕ چھے نا دِوان۔
بچارس سٕران غوطا' صابنہِ فشا دِزہ ہس۔"

موٗغلہِ اُمس ووہ ڈ وارِیاہ کالچ ڈاکٹر اشرفس سیتۍ زان گامژ۔
پیٚنتھٕ پیٚلہِ ڈاکٹر اشرف تہٕ اُمس سیتۍ دوہ کھوتہٕ دوہ اَکھ اَکھ کینٛہہ
زیادٕے کرنہٕ لوٚگ۔ امہِ تہٕ ہیٚوٚت اُمس سیتۍ پانٛیار ہیوٚ ورتاوُن۔ بلکہ
اُمس اُس ڈاکٹر اشرفس اندر اَکھ کُشش ہِش باسان' یوس نہٕ بیٚیہِ
کانٛسہِ تہٕ اِنسانس اندر اُمس اوٚت تام باسے مژ اُس۔ ادٕے کوٚر امہِ
کیاہ تام جُرٲتھی ہیوٚ تہٕ کوٚرنس اَکھی اَکھو ـــــــ

"اَہن حضن دِتم صابن تہٕ کرس سٕران۔ بہٕ کیتہٕ آنہٕ۔"
"بِلکُل ٹھیک وۄننتھس۔" موٗہنی ژاےِ دروازہ ونان ونان۔
"صابن گژھہ اُمو سٟی ہیٚنۍ۔"

"اوٚت تام گوٚو پٔزرٕی۔" دوٚیمؠ ڈاکٹرن ترٚ کوٚر خندٕہ۔

"دی وٗوس، دِوان کوٚنہٕ چھوٚس۔" موٚہتی وُژھ ڈاکٹر اشرفس

کُن ——

ڈاکٹر اشرف وٚوتھ تھوٚد تہٕ پانس اَتھہٕ چھلِنہٕ خاطرٕ لیوٚہ سٲبن اتہٕ آرِس، سہٕ پِلہٕ ناوِن موٚغلہٕ کُن تہٕ اُتھی سٟتی دِژٕنس اڈہ پرٲنی تُولیاہ دُرج ترٕ۔ تہٕ وٚوٚنس۔ "یِمہٕ سٟتی گژھ بتہٕ ووتھراوُن۔" موٚغلہٕ رُٹ یم دوٚ نوٚوے چیز ترٕ دِژایہٕ۔ موٚہنی تہٕ دوٚیمؠ ڈاکٹرن ترٚ دو ٹھہہ ٹھہہ کران اُسن تہٕ یہندِ ین اُسنس سٟتی سٟپُد ڈاکٹر اشرف ترٕ شامِل۔

"مگر یہ وُچھوٚ بچہ کوتاہ صحت مند چھُہ۔" ڈاکٹر اشرف وٚوتھ بٔیِس ڈاکٹرس کُن۔ "سانی شُرٕ کاٗتیاہ کمزور چھِ آسان۔ بہٕ کیاہ وٚنوٕ، میہٕ چھُہ پانس لوکُٹ بچہٕ اُمہ ہٕنزی وانِہ۔ اَدہ سُہ چھُہ اُمِس مُقابلہ مُچھِ لوٚٹ۔"

"بہٕ چھُس پانہٕ راوان یمن لُکن کتہٕ چھُہ یہ حُسن تہٕ صحت لبان۔" دوٚیمؠ ڈاکٹرن کوٚرُس تاٗیید۔ "دیہہٕ سندی رہبی۔" موٚہنی دِتکھ فاصلہ ہیوٗ۔

"یہند گندہ ماحول وُچھیت گوٚژھ نہٕ یہند نام ونشان روزُن۔"

تتھ بدلہٕ ہینکہٕ اُمی سُند شُرکنہٕ تہٕ مُقابلس منز اوّل نمبر ییتھ۔" دوٚیم ڈاکٹرن دوٚن کرسی پیٹھہٕ وُتھتھ واش ہیوٚ کڈان کڈان۔

ڈاکٹر اشرف گو ورژِہ اَکس اَتھہ کتھہ پیٹھہٕ کمن تام غوطن ہیوٚ۔ امہٕ پتہٕ آیس بمبرہ وہراوِنہٕ۔ زن لوٚبن اُکس کھرہ دار مسلس حل یا زنتہٕ موٹرکیو ژورد پہیو منزہ اکہٕ پہیہ وصول کوٚرن!

"دراصل چھِہ یم لوکھ مختلف جرا ثیمن منز تیوٗت لسان بسان زِہ یم چھِہ بیمارِہ پیدٕ وف بنان۔" اُمی دوٚن بلی پاٗنی پانس عرسیتی۔

یہ اُس ژُندرٕ وار۔ دوٚن دوہن دوا ہس شٔیہ خوراک دِتھ بدٕ ھ وارِہ صبحے واُز موقلہٕ بینہ تجہ ہیتھ ہسپتال۔ امہٕ اوس نیچوٗ صابن منتقی منتھی شیشہٕ نژ ہیو بنومُت۔ اسند ڈوگر ڈوگر بتھ اوس پوٗرہ دوہ پنج ژوٗل ہیوٗ نایان۔ پیٹھہٕ اوُسس امہٕ کرتنہٕ بجگاہٕ تہٕ چھوٚلمُت' یمہٕ کنہٕ یہ بڈ ِگیہ پکھہ ہن ہیوٗ اوس باسان۔ ڈاکٹر اشرفس آد اُمس وُچھت پاٗنی پانس سیتی اُسن تہٕ موقلہٕ کن لوٚگ وَننہٕ—

"کیھہے گیہ کینہہ وَدنس تہٕ ژُہ کہٕ دوہ دِینس فرق ؟ "

" اٰہن صحب' دوہ نی چھس ننزو کنہٕ دِزہ دوہ دِوان۔ "

"بینہ گژھیس یوہے دوا اکس دوٚن دوہن دِین۔" ڈاکٹر اشرفن کوٚرس نسخس دستخط تہٕ سیتی وٚون نس—

"ییمہٕ نکن اُمِس سۆمب آب دِژدی، پانس سۆمب ترٕ منگو زِہس یآری۔ کِنہٕ پانس سۆمب ہُرے یی نہٕ صابن؟"

"ہُرنی کیاہ حض زِہ گژھم نہٕ۔" موغلہٕ وۆونُس مَندچھپت ترٕ وُٹھ گمُ ناوِتھ۔ "مگر میہٕ دۆپ یہٕ دِژدہ تو ہہ مجنہٕ خاطرٕ ے اوت۔" مجنہٕ بہانہٕ دِژاۓمے تریۓ۔ اَدہ ژہ چھک تو ترٕ ترٕژھی۔" ڈاکٹر اشرفن وۆونُس شاید یہٕ خیال کرِتھ زِہ دلچہٕ یہٕ اَتھ مَلس آب ہادہ۔ مگر تَس اُس نہٕ خبر زِہ یمہٕ بیچھ وِنہٕ زنانہٕ چھہٕ مالہٕ روزنس پیٹھ مجبور۔ یمہٕ چھہٕ زاۓنتھ مانتھ پننہٕ شکل خراب کران۔ یتھہٕ یمہٕ اَلاین بلاین نشہٕ محفوظ ہیکن رُوزتھ۔

موغلہٕ زن گو دبدنگ سورُے خوٗن برٕژِس کھنڈس بند۔ تتھے پاٹھی ووشلے یہٕ ڈاکٹر اشرف سِندی یم کینہہ لفظ بوزِتھ۔ خبر اَتھ کتھہٕ کیاہ وِنہٕ ہے سو جواب زِہ اوڈہ ژاو دۆیم ڈاکٹر ترٕ یہٕ دراہِ لہ ترٕ پاٹھی ڈِسپنسری کُن دَوا رٹنہٕ کھاترٕ۔

"ہیلو ڈاکٹر، تو ہہ کیازِہ گو واز ژیر ہیوٚ۔" ڈاکٹر اشرفن پرٕژھس "ژیرٕ گوم نہٕ۔ برٕاوُمُس اندر صاحبس نشہٕ ژامُت۔" دۆیم ڈاکٹر لوٗگ پانہٕ ہی سستو اسنہٕ۔

"تہٕ کیازِہ پانی پانس سستو اسان؟" ڈاکٹر اشرف لوٗگُس پُتھہٕ

بُتھ وُچھنہٕ۔

"کِنھہی نہ۔ آمژ اُس میہ۔ سُونژم ژٕرٕ یہ کُن۔"

"خبر کیاہ ہیوٚ؟" ڈاکٹر اشرف رٕوو۔

"جُمعہ دوہ بہ لٔجی قومی پارکہٕ منز ڈیوٹی بچن ہندِس مُقابلس پیٹھ۔"
اِدہ سہٕ تہٕ یہ کوسہ خوش کیتھ آیی۔ بہٕ اوسُس پانہٕ سونچان زِ
یُہنُس گوڈٕ نہٕ شوبِتھ اَتھ تیالہِ لگُن۔" ڈاکٹر اشرف وٕنُس درجواب
مگر سیٹھی پیوٚ وکیتھ نام اَنیک خیالس تہٕ وٕٹھ پھوٚلُس اُسُن ہیوٚ ——

"اتھ کیاہ تیالہِ لگُن چھُہ۔ بہٕ اوسُس تیار۔ مگر میہ چھُہ تمہِ دوہ
گھرہ منزوری کام۔" دوٚیِم ڈاکٹرن وٕنُس کُرسی پیٹھ ہِہان ہِہان۔

"بچن ہندیہِ دوہ چھُہ پرٕ بتھ ؤری یہ قومی پارکہِ منز مناونہٕ یِوان۔
امہِ دوہ چھُہ صحت مند بچن مُلاحظہ کٔرِتھ یِنامہٕ تقسیم سپدان۔ گوڈنیک
یِنامہٕ ترٕیہ ساس، دوٚیِم زٕ ساس، تریِم اکھ ساس، بییہِ تہٕ داہ وٕہ لوکٕٹ
موکٕٹ یِنامہٕ چھہ نقدہٕ جِنسہٕ دِنہٕ یِوان۔ یہ دوہ چھُہ اَکِس ڈاکٹرس ہِندِ
کھاطرٕ یُنری پانٹھی سیٹھاہ سختی ہُند دوہ آسان۔ اگرچہ مُلاحظہ کرنس تہٕ
یِنامُک فاصلہ دِنس پیٹھ چھِہ اکھ ترٕ اَوتہٕ پانژہ ہہ پانژہ ہہ ڈاکٹر مُقرر آسان
اُتھی کیتھ کُن دُہچھِت چھِہ اکثر ڈاکٹر امہِ بلایہ نِشہِ پان موکلاونچ کوٗشش
کران۔ مگر ڈاکٹر اشرفن مُتھہ اوس وٕنان زِ سہٕ چھُہ اَتھ تیالہِ یورٕسے

گژھنَس آمادہ۔ تو ترِ وَنوتھ سُہ دَوِیمِس ڈاکٹرس کُن۔ " تیاَلی اُس نہٕ
مگر لُکھ چھِس زورہ بناوان۔ خامخاہ چھِہ ییٚنامہٕ موکھ پنٕنہٕ ہاکھ لٹۍ ہی
شرۍ ہیبتھ واتان۔ ییٚنہٕ وُچھان زٕہ یِم وَسَن تیا مُقابلس منز نکھ۔ "

" ترِ چھُہ اسہ عاذ بَقی۔" دَوِیمِ ڈاکٹرن کوٚرُس تصدیق۔

●

بوٚدھ وارہ ہُند یہ دوہ گژھت، برٚنیسوارِہ نہٕ کینہہ، جُمعہ دوہ ہر
اُس موغلِ عاذ ترٚ پاٹھی ہسپتالہ کِنہ بیمارن نِشہٕ پنٕن بارج وصوٗل کرنہٕ
یِوان۔ یُتھے یہ ہسپتال کِس اَندرِمِس گیٹس نِشہٕ واتِ، اتہٕ اُسی ڈاکٹر
اشرف تہٕ نرس موہنی پانہٕ وانُی کیاہ تام کتھ کران۔ ڈاکٹر اشرفن یُتھے
یہ وُچھ، تمۍ ہوو نرس موہنی اَسان اَسان اُمِس کُن کیاہ تام۔ ییٚلہٕ یہ
تمِن نِشہٕ واتِ، ڈاکٹر اشرف وَنوتھس ——

" کینہہ چھُت نہٕ ژینہٕ ادہ پانس آب ہو وُنت ؟ "

" نا بھ دوہِس حضِ چھُلِم کَلو۔ ییٚنہٕ دوپ شرٚان کرِتھ لاگِہ کھاہ مَل
بُھرزٕہ نہ چھِ۔ "

" ترِ گو ٹھیک۔ اُہِس کیاہ چھےٚ مُحِس خبر ؟ دوہ نی ماچھِس کینہہ شکایت۔

" نہٕ حضِ دوہ نی چھُس نہٕ دود ووده کینہہ ترٚ یِوان۔ "

" ژٕہ تھاو وارڈ نرسہ دِنتھ زٕہ ژینہٕ چھےٚ ییٚنہٕ سیتیٚ نہٕ ناش یار کرِ ڈیوٹی۔"

ڈاکٹر اشرف دۆپھ موہنی کُن تہٕ سوزٕ ایہٕ ہسپتال واپس۔ امہِ پتہٕ
دۆپھ موغلہِ کُن۔ " ژےٚ کُوتِے ٹوٹھ چھے یہِ بنیچو ؟ "

موغل گیہٕ امہِ سوالہِ حاراں۔ "یُوت حض ماجہٕ بنیچو ٹوٹھ آسُن
گژھہ۔ "تمہٕ وۆنُس سُہِے جواب یُس کانہہ تہٕ موج امہِ وِزہٕ دِیہ ہے۔

"میانہٕ کھوتہٕ تہٕ چھُیہِ ٹوٹھ؟ " ڈاکٹر اشرفن وۆنُس تمہِ اندازٕ زہٕ
موغل گیہٕ ہے مُبنگہٕ رُوزِتھ۔

"توہہ تہٕ چھُوہ یہِ ٹوٹھ؟ " موغلہٕ پرٕژھس تھارٕہ بھرزٕو اچھو ہیو۔
"میہٕ چھُہ یہِ سیٹھاہ خوش کران۔ " ڈاکٹر اشرف اوس پننہٕ ین
خوشِک وُٹھن زیوٕ پھیری پھیری کتھہ کران۔ "تیوٗت خوش زہٕ ژہٕ ہیکک
نہٕ تمیک اندازہ کرِتھ۔ دۆپے ہے کرکھنا ژہٕ اَز اکھ کام ؟ "

"کیاہ حض ؟ " موغلہٕ پرٕژھس یہِ دُپٕ زہٕ تہٕ پھسرا یہٕ منز۔
"اَز دوہس نِن بہٕ یہِ پانس سیتی۔ ژہٕ یتہٕ راژ ہنزہٕ نوہ بجہ پورِی
ہسپتال میانِس کمرس منز تہٕ نِتن پانس سیتی واپس۔ "

راژ ہنزہٕ نوہ بجہ؟ " موغلہٕ بیوٗٹھ ہوٚٹ تہٕ دَندن تل ہیٚرٕن اوٚنگجِ
ژاپھ۔

"بلکُل۔ میہٕ چھِہ اَز یتہٕ روت ڈیوٹی۔ تو ے وۆن مے نوہ بجیٚن۔ "
"مگر یہِ کتھہ پاٹھی رٹیوٗن تہٕ دوہس پانس نِشہ۔ " موغلہٕ آسہ نہٕ

اُچھی ووتھان۔

"سو کتھ ترٛاو تہٕ ژٕہ میٚہ بیٚہہٕ۔ وولہٕ دِلن تیٚلہٕ۔" ڈاکٹر اشرفن

دارِس نِرٕہ تہٕ موتعلہِ پلہٕ نوٚوُسن ووشِلی ووشِلی مجبہٕ۔ "مگر پوٚرہ نوٚہ

بجہٕ واتی زِہٕ، تمہِ برٕ وونہٕ آسے نہٕ برُ یِیتہٕ۔" ڈاکٹر آشرفن کوٚرُس بانٛتھ

بانٛتھ۔

"اچھا۔" موتعلہِ دِتُس جواب تہٕ کلہٕ بوٚن کوٚن ترٛاوِتھ درایہٕ پوٚت

کمُوری وٲپس۔ یہِ اُس دُچھنہِ اٲسِتھ چہٕ اوٚنگجہٕ اکِہ اکِہ دندن تل ژٲپان۔

مُنٛزٕ اُس ووشلان تہٕ مُنٛزٕ اوسُس وُٹھن بیٚہہٕ اُسن ژھایہِ گتھ

کران۔ اُمِس اوس باسان زِہٕ امِہ رٔوٹ بوٚڈ بارٕ خاۓ اتھ۔ اکھ محبت

بھوٚرِت دِل۔ اکھ مہذّب اِنسان۔ یہِ اُس دوٚرِان، نژٕن، گیوٚن تہٕ

وژِھہ واٲنجہِ کھنگالہٕ ژٲرِنی یژھان۔

موہنی درایہِ ہسپتالہ مَنٛزٕ واپس تہٕ واتھ ڈاکٹر اشرفس نِش۔ اتہٕ

ییٚلہِ اسِنزٕ کھوتہٕ منز موتعلہِ ہُنٛد یہِ شُر دُچھن، اُمِس پیٚچہٕ اُسن مگر

دُلی دِتن اُسس اٲتھہٕ تہٕ شانو کنٛز ہیوتنس اَنٛدری اُسن پھُٹو پھُٹو

نیرُن۔ ڈاکٹر اشرف گو سنجیدہ تہٕ مجبہٕ ریلہٕ ناوِتھ وونُس:

"یہِ تلُقُ پانس سیتی ٹانگس بیٚہہٕ۔"

"گو اَدٕ اَدٕن دِن تومہِ یہٕ۔" موہنی ووٚن زن پانٛنی پانس سیتی۔

دوٚہ گژھت شامس نوٚہ بجہ ژٕریٚ پٔھن واتٕھ موغلِ ہسپتال۔
یُتھے یہ اِنڈور گیٹس ژایہِ، اُمس سپز اکھ عجیب کیفیت پأدٕ۔
اسندہ پکنچ سأری تراے گراے بدلیو۔ یہ اُس یمے کھوژی کھوژی
رسہ رسہ مگر وتاولی سان قدم تراوان۔ تہ یہ بتھ قدمہ پیٹھ تمہ تارہ اوزہ
یور وُچھان زہ کانسہ ماچہ میانہِ وجودک احساس سپدان۔ اوٚہ
ییلہِ یہ ڈاکٹر آشرف نس کمرس نشہ واتٕہ، اُمس ہیوٚتن پھوٚر تھوٚد تھوٚد
دوٚتھن۔ زیو گیئس پھُہر موٚنڈِ ہش۔ اُتھن گوس سٕہ تروشہ پأدٕ
نزہ باسان اوس گوی نہک احساس تہ لذتک غلبہ ماکرہ اُمس کمرس
اندر اَژنہ برٚونٹھی ہلاک۔ امہ کوٚر خوشک وُٹھن زیوہ سریہ تہ
وُچھن کھوٚر جل جل ژرٕہ نظر دِتھ مُژر ووُن تیزی سان، دروازہ تہ
ژایہ اندر۔ ییٚنہِ تھر ئمتی دروازہ بند کرِتھ تہ تتھ ئمتی وودنہ رُوزِتھ
لُج یہ ڈاکٹر آشرفس کُن تیٚکہ کنہ وُچھنہ زنتہ وَنان اُمس —— "ییٚنہ
کانہہ وُچھہ!"

ڈاکٹر اشرف اوس کرسی پیٹھ بِہِتھ، ٹیبل لیمپ چہ روشنی تل کیا
تام لیکھان۔ تس دٔچھنہ کنہ اوس اکھ پلنگ، یتھ پیٹھ اکھ خوبصورت
بسترہ تہ ریشمی رضأیی اکہ میچھہ، نرم تہ شیشہ بچہ پٔنڈرہ ہند احساس
اوس دِوان۔ کمرس اندر اُس سوٚ خاموشی، زنتہ کنہ مشینہ ئمتی امیک

سوزُرے ہوا نبر اوس کڈنہٕ آمُت۔ البتہ موٚقلہِ ہُنٛد تیز تیز شہہ اوس
اتھ اندر وۄنی پھٹتھ نیران۔ چنانچہ ڈاکٹر اشرفس تہٕ گوو شاید امی چیزُک
احساس۔ توٚے وٚونتھ تس موٚقلہِ کُن :

" ژٕہ کیٛہے زہ چھک پھرِکان۔ یہے تھاٹھرے مژہش کیاہ تام!"
موٚقلہِ وٚونُس نہٕ کینٛہہ تہٕ جواب۔ صِرف گوٚس کلہ پتھ کُن اویزان
تہٕ ڈاکٹرس کُن لُج تموٚ ژھٕٹتھٕ وُچھنہٕ زنتہٕ ونان اُسس :
گژھس نا پھرِ کہنز!"

" ژٕ نۍ آسہِ دوہس تہٕ اوٚڈُے زُو۔ ہَے ہَے دُشمنَن مجس
ماگوم کینٛہہ۔" ڈاکٹر اشرفن وٚونُس کرسی پیٹھہ ووتھان ووتھان۔
موٚقلہِ کوٚرُس کلہِ سیتی انکار۔ سیتی باسیوس دوٚرہ پھرژن بٔنن
برژھن ہیو۔ امہِ تھوو وُچھس پیٹھہ زورہ سان کھوورٕ اتھہ۔
ڈاکٹر اشرف آو اُمس کُن۔ اُمی سنزہ وُچھنہِ مژہ تھف کرِتھ
ڈاُجن یہ دروازہ یکُن پہن تہٕ وٚونُنس :

" ژٕہ ٹھہرِ ہو زہ ییتہِ نی۔ بہٕ آس۔" اُمی مُژٕ دوو دروازہ مگر سیتی
ژاو واپس پانی پانس سیتھ ونان ـــ " سہ آیہ پانے لوٗرہ!"
موٚقل گیہ امہِ مژہِ تھف کرنہٕ سیتھ پنہٕ پنہٕ۔ یہ زن نہٕ آدم
زاد اُس بلکہ کمہِ تام پاتالچ اکھ سہ ہیو، یس نہٕ کانٛہہ تہٕ وزن چھُہ آسان

یس انسان دۄن اَکھن ہِنزن دۄن اۄنگجن پیٹھ تلِتھ آرامہٕ سان
بِسترس پیٹھ ہیکہِ تھاوِتھ۔ تہٕ ڈاکٹر آشرفن بِسترہ تہٕ اوس موغلہٕ
تمنی پرٕ یین ہُند ہیوٗ آوٕیل تہٕ نآوٕیل پوشہٕ پھوٚٹ ہیوٗ باسان۔
پیتس کالس منز ژایہ اوٕرہ موہنی تہٕ اژہ دُنے ژۄٗس موغلہٕ
دِلیشتھ نیرِتھ:

"اوہو! از چھہٕ موغلہِ اچھ وارٕ ہش گامٕژ۔"

موہنی ہنزہ امہٕ کتھہٕ سیتی گیہٕ موغلہِ شوٗ زدہش۔ زن رٕٹکھ
ژوٗرہ۔ ہرگاہ موہنی کھوژہٕ منز مجبہ آسہے ہٕ شاید موغلہِ ژلِہے
شی کرِتھ کمرہ نیبر۔ مگر مجبس کُن نظر پیتی گیہٕ موغلہِ اندر موج بیدار
امہٕ کجہ موہنی کُن نرہ تہٕ ژۄٹُن مجبہ جیرہ پننس وَھیس سیتی۔ مجبس
آسہ ربڑی میڈ ڈکاہٕ پیٹھ کلہ ہیتٕرہ مژ اکھ خوش پوشہٕ قمیص ناکہ۔
ژۄٹ کلہ وِتِہ ہن گنڈِتھ تہٕ اکھ زرد رنگہٕ سُتہٕ رو پیوٗ تولیاہ
دُنچ دِلِتھ۔

"کینہہ چھا ووٗنی مجبہ وارے! انحقہٕ آسکھ تھا نشرے مژ۔"
ڈاکٹر آشرفن دۄن موغلہِ اسان اسان۔ اَمہٕ ترٕ دٕ اندرِمس جندس
اٹھرہ تہٕ اوٕرہ کوڈُن پانژہ روپین نوٗ نوٹ تہٕ پلہ نوٗ دُن موغلہِ کُن۔
"نہ حضن!" موغلہِ ژۄٹُس نہٕ۔ اَمس اوس روپیے ژٹہنہٕ ژشہٕ زندگی

اندر یہ گو ڈنیک اِنکار۔ "یہ کمہِ بایہتھ؟"

"ڈاکٹر صاحبس زِیٖوُن نیچوِ شرُین ہندس مُقابلس منز گو ڈنیک یَنامبہ۔ یہ چھےُ تمہِ کےُ شادی یانہ۔" موہنی کوٗر کتھ واش ہیوٗ۔

"یہ گو و رٔتُن۔ اَتھ چھا بے قلوۂ ونان۔" ڈاکٹر اشرفن پلہ تُو موغلہِ کُن نوٹ۔

موغلہِ توٗر صرف مُتےُ پوت نکرہ زِ ہ ڈاکٹر صاحبس چھ گھرہ کیاہ تام شادی اَسمژ۔ یہ دُرایہ کمرہ منزہ نیبر تہٖ نیران نیران ترآو ن ڈاکٹر اشرفس کُن سو نظر، زنتہ وَونس :۔

"ژےٚ کیازِہ کوٗرتھ میٚہ ٹھٹھہٕ۔ میٚہ شیر یاد صرف چانی موہ کمہ آب!"

---

# نوٗرنامہ

صفٕہ : ۱۹۰

کأشرِس ادبی توأریخس اندر حضرت شیخ نوٗرالدین ریشی سٕندِ بن شرٛوکبن ہٕند گوڈنیک مجموٗعہ۔ دیباچس منز حضرت شیخ سٕنز زندگی تہٕ ریشی سِلسلس پیٹھ مُفصل بحث۔

جموٗں و کشمیر کلچرل اکاڈمی
سرینگر

# وٕہ تہٕ پرٛوٕہ

صفہٕ : ۱۷۶
موٗل : پاںٛژہ روپیہ
چھپاٲی : خوش پوٗنز

امین کامِل سٕندین نظمن تہٕ غزلن ہُند یہٕ لہجہ چھُ کاشُرِ شاعری اکھ نوٚو مزاژہ بخشان۔ امہ منز چھُ نَوبہٕ تہِ روایتی آہنگ تہِ۔ یہوٚے وجہ چھُ زِ امہ لہجن تٔرود نَوین شاعرن پیٹھ زبردَس اثر۔


شیخ غلام محمد اینڈ سنز
مائی سُمہ بازار۔ سرینگر

# صوٗفی شاعِر

(ترٛیہ جِلد)

کأشرِ ین صوٗفی شاعِرن ہندِ کلامُک انتخاب۔
اِسلأمی تصوّف، ویدانت تہٕ ترِکا شیوازم فلسفن
پیٹھ مُفصّل بحث۔

جِلد اکھ : ۴ روپیہ ۸۳ پونسہٕ (۲۱۶ صفحہٕ)
جِلد زٕ : ۵ روپیہ ۲۰ پونسہٕ (۳۳۲ صفحہٕ)
جِلد ترٛیہ: ۳ روپیہ ۷۰ پونسہٕ (۲۵۱ صفحہٕ)

جموٗں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ اینڈ کلچر
سرینگر

# اَچھرٕ زان

صفہٕ : ۵۲

موٗل : ۵۰ پوٗنٛسہٕ

کٲشُر رَسمُل خط صحی پٲٹھۍ ہیٚچھنہٕ خٲطرٕ چھُ یہِ قاعِدٕہ وُنِیُک تام جورٕ رٔدِس۔ کانہہ تہِ اۆر دُو اَچھر زانن وول ہیٚکہِ اَمِکہِ دٔسۍ دوہن منٛز کٲشرۍ اَچھر زانِتھ۔

کوٗشُر مرکز سرینگر

# لۄہ تہٕ پرۄہ

امین کامل کشمیری زبان کی ایک ایسی ہمہ پہلو شخصیت ہے جو اپنے ہر پہلو میں منفرد اور نمایاں نظر آتا ہے۔ لۄہ تہٕ پرۄہ اُس کی اُن نظموں اور غزلوں کا مجموعہ جو اپنے مزاج اور آہنگ میں کشمیری شاعری کے لئے بالکل نئی چیز ہے۔

لکھائی چھپائی دیدہ زیب

قیمت پانچ روپیہ


شیخ غلام محمد تاجران کتب

مائسمہ بازار سرینگر